لولہٕ سۭتۍ عنایہ سمان
ڈاکٹر آر-ایل-بھٹ صابس
ڈاکٹر

رِنکو کول
01-03-2011

# موٗلۍ رِشتہٕ

## (افسانہٕ سوٚمبرن)

**رِنکو کول**

**موہنی پبلِکیشنز**

A-471، سیکٹر 2، وِنا یک نگر، مُٹھی، جموٗں۔

# اَرپَن



پنٕنِس مہاتماسۆرۆپ بُڈی بَب

سورگیہِ شرٛی نرٛنجن ناتھ کول صاٮ۪بنٛن

پادِ کملن اَرپَن ۔

یِہُنٛد اٰشیر وادہٕ ہمیشہِ میٚہ پٮ۪ٹھ چھُ ۔

کِتابہِ ہُنٛد ناو : موٗللی رِشتہٕ

لیکھن وول : رِنکو کول

کمپیوٗٹر کمپوٗزِنٛگ : IILS D.T.P CENTRE

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر، مُٹھی، جموٗ۔

فون نمبر : 0191-2598633

موبائیل : 94191-36369

چھاپن وٕری : اگست/ 2010ء

موٗل : 200/ روپیہ

پبلِشر : موہنی پبلِکیشنز، مُٹھی، جموٗ۔

چھاپ خانہٕ : جے۔کے۔آفسیٹ۔ نئی دِلی۔

کِتاب میلنٕک پتاہ:

ا۔ رِنکو کول

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر، مُٹھی جموٗ۔

۲۔ آئی۔آئی۔ایل۔ایس، ڈی۔ٹی۔پی سینٹر،

نزدیک پمپوش جنرل سٹور، مُٹھی جموٗ۔

# پیش لفظ

باقی ہِندُستانۍ بجن بجن زبانَن ہِندِس مُقابلس منز چھُ کاشرِس منز افسانَن ہُند تیداد کم۔ کاشرِس منز گیہِ افسانہٕ لیکھنچ رِوایتھ 1950 عیسوی پتہٕ شۆرُو۔ تیداد کم آسِتھ تہٕ چھِ کینٛہہ تھَدِ پایکۍ افسانہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ، یِہُند مُقابلہٕ ہیٚکو أسۍ باقی زبانَن ہِندٮ۪ن أہم افسانَن سٟتۍ کٔرِتھ۔ اَمہِ کِنۍ چھُ ادبہٕ کِس کُنہِ تہٕ صِنفہِ منز تیدادِ کھوتہٕ کوالٹی زیادٕ أہم مانہٕ یِوان۔ اماپۆز تیداد تہٕ چھُ ضۆرُوری۔

کاشرِس نثرِس وُسعار دِنس منز چھُ افسانُک اَکھ أہم رول رُودمُت۔
کاشرِس منز چھِ ناول، ابسے، سفرنامہٕ، تنقید تہٕ باقی نثری صِنفن مُقابلہٕ افسانہٕ زیادٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ اَماپۆز تنقیدی لحاظٕ چھِنہٕ وُنہِ یِم جان پأٹھۍ مولہِ ناونہٕ آمٕتۍ۔

کأشر زبان چھےٚ وُنہِ محدُود دأیرِس منزٕ ے یِوان پرناونہٕ۔ یۆت تام نہٕ یہِ زبان سکوٗلن منز پرٛتھ درجس پتہٕ لأزمی طور یِہِ پرناونہٕ، تہٕ امیُک ورتاو سرکأری نِظامس تہٕ میڈیاہَس منز بڑِ، کأشُر نثر پھاپھلِہ نہٕ پۆرٕ پأٹھۍ۔ اَمہِ پزِ سارِنٕے نوٚبن لِکھأرٮ۪ن ہُنز حوصلہٕ افزأی کرٕنۍ۔

رِنکوٗ کوٗلنۍ افسانہٕ پٔرِتھ گیہِ مےٚ سٮ۪ٹھاہ خۆشی حأصِل۔ شاید اَمہِ کِنۍ زیادٕ زِ یِمو ہیٚوٚچھ کأشُر پرٕن تہٕ لیکھُن کشیرِ نیٚرِتھ جلاے وطنی ہِندِس ماحولس منز۔ یِموَ

# فِہرِس

# گوڈ کتھ

اَفسانہٕ چھُ بِدأتی اَکھ فلیش کُنہِ واقعہٕ ہُک یَتھ افسانہٕ نِگار پننہِ بِترِ مُطأبِق چھُ باوٕژ بَل عطا کران۔ اَسہِ أنٛدی پکھی چھِ دوہے واقعہٕ روٗنما سپدان یِمن منٛز کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ زأویہِ خصوٗصی تہٕ دِلچسپ چھُ آسان بشرطیکہٕ وُچھنہٕ تہٕ ژینہٕ خأطرٕ سٕنٛز نظر تہٕ توٗژھ آسہِ۔ ماحول تہٕ کِردار نِگأری ہٕنٛدِ توٗسلہٕ گژھِ مفہوٗم قأری یَس تانٛی واتُن۔ چونٛکہِ زِنٛدگی چھےٚ ووٚنی زیادٕ پیچیدٕ بنے مٕژ، لہٰذا چھےٚ اِنسان ہٕنٛدِس انٛترٕ دوٚنٛدس (Inner struggle) دوٗنٛژھ دِتھ تہٕنٛزن کمزوٗری یَن تہٕ حوصلس پٮ۪ٹھ پَردٕ تُلنٛچ ضروٗرتھ۔ فرٛنز کافکا تہٕ سٹیفن زُویگن بناو نفسیأتی کشمکش پننٮ۪ن شاہکارن ہٕنٛز بُنیاد۔ بیا کھ کہانی یوسہٕ انٛترٕ دوٚنٛدس چھےٚ اچھوٗتا طرِیقس منٛز چھوٚپنٛھ دِوان چھےٚ رُڈیارڈ کپلِنگ سٕنٛز The Ship that found herself کہانی۔ یہِ چھےٚ أکِس سمنٛدری جہاز Dimbula چہِ انٛجنچ لافأنی داستان یَتھ منٛز پُرزٕ چھِ سفرس دوران پانہٕ وأنٛی کتھ کران۔

اَمہِ کہانی تلہٕ توٚرےٚ فِکرِ زِ زبانٕے چھےٚ سوٚ ذٕریہِ یوسہٕ افسانس چھےٚ بُلنٛدی پٮ۪ٹھ واتہٕ ناوان۔ یہِ چھےٚ دراصل اَکھ أنہٕ پوٚٹ، یوسہٕ کِردارن ہٕنٛز تُلہٕ ترٛاو، سوٗنٛچ سمجھ، ژوٚک موٗدٕر چھےٚ اَسہِ مؤسوٗس کرناوان۔ أتھی پٮ۪ٹھ چھُ افسانُک

ہوٗچھ کاشُر ٹایپ تہٕ ڈی ٹی پی کرُن تہٕ کرِکھ اتھ منٛز جان مہارتھ حاصل۔ یہِ پیشہٕ ژأرِتھ چھےٚ یِموٚ ہیتہٕ بزن کِتابَن ہُنٛد ٹایپ تہٕ ڈی ٹی پی کوٚرمُت۔ یِمن میٛؤل یِم سأری مسودٕ پرنُک موقعہٕ تہٕ بڑے یکھ کأشرِس اَدبس ستی دِلچسپی، خاصکر افسانَن ستی۔ اَکھ ذہین دِماغ آسنہٕ کِنۍ گٔیہٕ یِم کینٛژو کأشرِ افسانو ستی مُتأثر تہٕ ہیٚتِکھ پانہٕ تہِ افسانہٕ لیکھنۍ۔

''موٗللہِ رِشتہٕ'' چھےٚ رِنکوٗ کول نٕبن اَفسانَن ہنٛز گوڈنٛچ سوٚمبرن۔ یِمن افسانَن منٛز چھِ سماجی رِشتہٕ، عام واقعہٕ، حادثہٕ، تیز بدلوٚنہِ قدرٕ، تازٕ ایٚحساس تہٕ ماحولی بٔندشہِ درٛینٛٹھ گژھان۔ یِمن اَفسانَن منٛز چھےٚ موضوٗعن ہنٛز رنٛگا رنٛگی۔ کینٛژہہ موضوٗع چھِ بِلکل نٔوی۔ یہ کرِ ییٚتہِ خاصکر یِمن افسانَن ہُنٛد ذِکر: پوٚژھ، خاب، حادثہٕ، دٕہم دوہ، ژٕر، اپ شکُن، منٛگلی وغارٕ۔ یِہنٛدی کینٛژہہ کِردار چھِ اَسہِ پانس دٕچھنۍ کھوٗوری نظرِ گژھان۔ یِم واقعہٕ چھِ یِموٚ سوٚد سادٕ زبانۍ منٛز تگن گری تہٕ بناوٹہٕ ورأے بیان کٔری ہتی۔

مےٚ چھےٚ ووٚمید زِ عام پرن والین یِن یِم اَفسانہٕ پسنٛد تہٕ یِم تھوٚن یہِ شوٗغل بروٚنہہ کُن جأری تہٕ کأشرِ زبانۍ روزن لول بران۔

4/ دسمبر 2009

**ڈاکٹر اومکار کول**

سابق ڈایرکٹر

سینٹرل اِنسٹی ٹیوٗٹ آف انڈین لینٛگویجز، میسور

مےٚ اُس خبر رِنکو آسہٕ مُسودس ستؠ تِھٕۍ حدس تانۍ مُنسلِک یتھ حدس تانۍ اونگجہٕ کی بورڈس پیٹھ پھِر وِتھ سُہ کمپوٗزِنگ گران آسہٕ۔ مگر میٲنۍ راے وڑایہٕ غلط، ییٚلہِ سُہ حال حالِے اکہِ دوہ زیرِ بحث افسانن ہُنٛد مسوٗدٕ ہیتھ مےٚ نِشہٕ آو تہٕ مےٚ وۄنُن یمن نظر دِنۍ۔ دراصل کمپوٗزِنگ گران چھُ تِمُو افسانن ہنٛز ترکیبہٕ بیٚترِ کُن دیان تھوٚومُت ییٚمہِ کہِ بدولتہٕ افسانہٕ لیکھن وٲل چھُس اتھِ آمُت۔ مےٚ پُرۍ تِہنٛدۍ افسانہٕ تہٕ مےٚ باسیوٚ وکاشرِ زبانۍ ہنٛز چھُس رٕژ زان تہٕ اَمہِ کہِ بدولتہٕ ہیکہِ بڑوٚنٹھ کُن پکِتھ۔ مےٚ وۄنُس ژٕرے چھےٚ اوٹ، ژوچہٕ تہٕ چھُکھ کران، مگر یمن چھےٚ بیٚیہٕ ہَن مجنتھ ضۄرۄرتھ یتھ سوٚنٛدر پہن بَنَن، تِکیازِ از چھِ لُکھ سوٚنٛدر چیزن تِشلان۔ یمن کتھن ہنٛز کُرس مےٚ مسودس منٛز نِشاندہی تہٕ دوٚیمہِ لٹہٕ آو ژُرس کوٚرمُت مسوٗدٕ ہیتھ یُس توہہِ بڑوٚنٹھ کنہِ چھُ۔

افسانہٕ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ سَداہ افسانہٕ، یم زِندگی ہُنٛد ژوٚک موٚدُر سہج طریقس منٛز باوان چھِ۔ چونکہِ یہِ چھےٚ رِنکو جینٛز گوڈنیچ افسانہٕ سوٚمبرن، اِو موکھ ہکو نہٕ زاۄدۍ جارُک بار، یُس تجربہٕ ستؠ حاصِل چھُ سپدان، یمن پیٹھ تژ اُوِتھ۔ تجربہٕ چھُ رِیاضِہ ستؠ حاصِل سپدان، تہٕ رِیاضتھ چھےٚ رِنکو جیس پانس تانۍ۔

زِندگی ہُنٛد کنواس چھُ سبٹھاہ بوٚڈ تہٕ جنسی بوچھِ بغاَر چھِ واریاہ مسلہٕ، یمن ستؠ اِنسان ہنٛدۍ جذباتھ جُڑِتھ چھِ، تہٕ اَوے چھِ دِلچسپ تہٕ۔ یژھے چھےٚ سوٚمبرنہٕ ہنٛز گوڈنیچ کہانی ''اکھ پوٚژھ'' رادھا کرشن چھُ دِلہٕ پیٹھ آمُت گوٗپی ناتھس سمکھنہٕ خاطرٕ۔ تَس چھُ نفر ریلوے سٹیشنہٕ پیٹھ سکوٗٹرس پیٹھ گوڈٕ پنن

اوٚبر گوٚبر، منوٚشن ہنٛز خصلتھ تہٕ سُپرِٹ باوٕنک دارٕ مدار۔

بڑ وٚنٛتھ اَسی کاشرِ زبانٛی تہِ قداور افسانہٕ نِگار باگہِ آئمتی۔ مگر پتہٕ لوٚگ اَتھ زَن شِشُر۔ 1990ہٕ س منٛز آیہِ اَکھ زبردس وولہٕرش تیمی ترٛے لچھ لُکہٕ نقلِ مَکان کرنس پیٹھ مجبوٗر کٔری، تہٕ اَدبَس تہٕ ووٚت دَدارٕ۔ مگر سُہ شِشُر زَن کُملیٖو تہٕ بالہٕ یپارِ ہیٚرٕ واریاہو قلمچ زور اَزمایِش کٔرنی۔ یہٕ چھُس پانہٕ یمو منٛز اکھ نفر تہٕ رِنٛکوکول تہِ چھُ اَمی کولاوٕلی ہُنٛد۔ ''موٗللی رِشتہٕ'' چھےٚ تسٛنٛز گوڈنٛچ افسانہٕ سوٚمبرن یوسہٕ توہہِ بڑ وٚنٛتھ کنہٕ چھےٚ۔

یہٕ زانٛن رِنٛکوکول سَنہ 2003ہٕ پیٹھٕ۔ مےٚ اَس پنٛنہِ دوٚیِم افسانہٕ سوٚمبرن ''گرداب'' مُکمل کٔرمٕژ تہٕ ووٚنی اوسُس کِتابتھ کرناونٛچ تیاری کٔران۔ کُنہِ تام ووٚنُم رِنٛکوکولس اتھ کرناوُس کمپیوٗٹر کمپوٗزِنگ۔ یہٕ زانہٕ ہَن نہٕ رِنٛکوکول کینٛہہ۔ یہٕ گوٚس تَس کمپیوٗٹر انسٹیٹوٗٹس پیٹھ۔ تتہِ وُچھُم لوٗکٹ لٔڑکا کمپیوٗٹرس پیٹھ بِہِتھ خبر کتھ کِتابہِ نستالیقس منٛز کمپوٗزِنگ کران۔ پننہِ جایہِ سوٗنٛچُم نستالیق چھُہ ہَنا مُشکل، زیرِن، زبرن تہٕ باقٕے ڈیاٹرکسن (Diatrics) ہُنٛد چھُ زال ییرُن پیوان۔ مُصنِف تہٕ چھُ لیکھنہٕ وِزِ کھرٕ ترٛاوان، مگر کمپوٗزِنگ سَپدنہٕ وِزِ گژھن یِمہٕ غلطی یہِ دوٗر سَپدنہٕ، نتہٕ یِیہِ پَرن وألِس تھوس۔ رِنٛکوکول ہیٚکیاہ اَتھ سٟتی اِنصاف کٔرتھ مےٚ اوس شکھہٕ۔ مگر رِنٛکو جیٚس چھےٚ میٚنٛژٕ ہنٛز کل تہٕ ہیچھنٛچ صلاحیتھ۔ ''گرداب'' کمپوٗزِنگ پیٹھ اَزتانٛی چھُ تٔمی واریاہ مَنٛزلہِ طےٚ کوٚرمُت یمیٚک ثوٗبوتھ تسٛنٛز اَزِچ کمپوٗزِنگ تہٕ افسانہٕ لیکھنٛچ وَل چھےٚ۔

ناوان۔ کینٛہہ چھِ حاضِری خاطرِ بُتھ ہاوان تہٕ ژلان۔ جان موضوٗع چھُ اَتھ کہانی مَنٛز ٹلنہٕ آمُت۔

''مولُل رِشتہٕ'' کہانی چھےٚ ہاوان زِ سماج چھُنہٕ سورُے یچھ بنیٚومُت۔ مگر کینٛہہ نفر چھِ وُنہِ اِنسانی قدرن ہُنٛد وِہار گران۔ مےٚ سٟتۍ سپُد تِتھےٚ اَکھ واقعہٕ۔ بہٕ اوٚسُس بنگلورِ تہٕ اکہِ لٹہِ گوس Monday to Sunday دُکانس پیٹھ (یُس سی۔آر۔روڈس پیٹھ اوس) ڈبل ژوٹ اَننہٕ۔ دٕیمہٕ دوہ چھُس بُتھوس وُچھان زِ پٲنسہٕ (یُس ساسن مَنٛز اوس)، اے۔ٹی۔ایم کارڈ تہٕ کوڈ نمبر (یہٕ اوٚسُس یاداش کنٛزٕر آسنہٕ سبَبہٕ سٟتۍ تھوان) چھِ غاۓب۔ گوڈنیُک شکھ گوم ڈُوَن واجنہٕ پیٹھ۔ شام ییٚلہِ سپُد بہٕ گوس ٹٕلۍ اتھ دُکانس پیٹھ پرٛژھنہٕ اے۔ٹی۔ایم کارڈ ما پیوٚ مےٚ۔ پٲنسن ہُنٛد ہیوٚتُم نہٕ ناوے۔ منیجر آو تہٕ مےٚ دِتُن Rs.3150، اے۔ٹی۔ایم کارڈ تہٕ کوڈ نمبر۔ بہٕ گوس رٕنٛزِتھ تہٕ دِل اوسُم ونان ڈبکس کرس میٚوٹھ۔ مےٚ وٕنُس یۄتاہ ژٕ مُناسِب زانکھ تیٚوتاہ رقم ٹٕل تہٕ سٹاف بیٚترِ چاوُکھ چاے۔ تٔمۍ رٕٹۍ میٲنۍ اتھ پننین اتھن مَنٛز تہٕ وٕنُن: ''بَس چون یِتےٚ وُنی چھُ سبٹھاہ۔'' بہرحال یہِ آیہِ مَنٛزی کتھ۔ کہانی مَنٛز تہِ چھُ وِجےٚ تہٕ تَسُنٛد مول رقم واپَس گران۔ ییٚمہِ کِس نتیجس مَنٛز تِم چھِ پانہٕ وٲنۍ نزدیکھ یِوان۔

تِتھےٚ کٕنۍ ''ژٕر'' اَکھ رُت افسانہٕ یتھ مَنٛز اَکِس جاناوارِ سُنٛد عجیب عادتھ چھُ عَلساونہٕ آمُت، ییٚلہِ سُہ شیشہِ پٮ۪ٹھس چھُ تونٛتہٕ سٟتۍ ڈِگہِ دِوان۔ کہانی مَنٛز چھُ شیشہِ پھٕٹِتھ یِوان تہٕ سُہ چھُ رتہٕ داوٕ گژھان۔

گرِ اِنان۔ سُہ چھُ وتہِ کَن کڈان ''گوٚبرا سکوٗٹر چلاو وارٕ وارٕ، ہارن کر، یپاٚرکہ نیر، بڑیک دِ، رُک ووٚنی، وغاٚرٕ وغاٚرٕ۔'' رالِس چھُ اَتی بہان تہٕ صُبحن یِیلہِ اخبارُک دوٚیِم صفہٕ چھُ پھِران سُہ چھُ ووٚٹھ کڈان زِ گوٚیِ ناتھ چھُ سورگواس آسان گوٚمُت۔ اَتہِ پٹھٕ چھُ تسنٛز وٕترٕ واسے بیٚیہ شوٚروٗ گژھان۔ پرٛتھ اکِس چیزس چھُ سُہ پننہٕ آیہِ تہِ سہوٗلیژ مُطاٗبِق وُچھان۔ رِنکو جی چھُ رادھا کرٛشنٕنٛ منووژتی اُبارنَس منٛز کامیاب گوٚمُت تہٕ مےٚ کھوٚت افسانہٕ سبٹھاہ پَسنٛد۔

سوٚمبرنہِ ہُنٛد دوٚیِم افسانہٕ چھُ ''پگہچ آش''، یَتھ منٛز تمہِ طاقتُک اکھ خاکہٕ چھُ پیش آمُت کرنہٕ، یَتھ برٛوٚنٛٹھ کنہٕ أسی یپرٛاہ سائینسی ترقی کرِتھ تہٕ وأتِتھ ہیٚکی نہٕ۔ یہے کتھ چھےٚ تتھ طاقتس پوشنٕے کران زِ رینہ صاٚب چھُ یتہِ وٕنِتھ دفتر سُلی نیران زِ ''اگر قوٗدرتن یوٚژھ پگاہ سمکھو بیٚیہ۔'' مگر سُہ چھُ وتی حاٚدثُک شِکار سَپدان۔ اَز کل چھُ یتہٕ تہٕ ٹریفکُک دباو سبٹھاہ بڑیوٚمُت زِ وتہٕ پکُن چھُ مُشکل۔ مُرد دیاٚدِ نفر چھِ زوٗ اتھس کیتھ ہتھ پکان۔ یہِ حال چھُ یِیلہِ نینو (Nano) چھےٚ وُنہِ خاٚلے کُنہِ جایہِ نظرِ گژھان یِیلہِ یہِ چمہٕ خمہِ سرٛکہِ پٹھ نیرِ، ادٕ کیٛاہ گُدرِ پتہٕ۔

''وٕہم دوہ'' چھےٚ اکھ کہاٚنی یوٚسہٕ اَسہِ پاٚنس أندی پکھی یتھبن موقن پٹھ نظرِ گژھان چھِ۔ یہِ چھےٚ ووٚنی اکِہ قِسمچ خانہٕ پرُی یُس رِشتہٕ دار تہٕ زاٚنی کار چھِ اَمہِ دوہ گران۔ لُکھ چھِ سمِتھ ہور گُن تمام قِسمہٕ کین موضوٗعَن دَل دِوان تہٕ یِیلہِ پاٹھ پوٗزا تلہِ فارغ چھِ سپدان، لاٚنہِ منٛز روٗزِتھ خانہٕ پرُی اند واتہٕ

# میٲنٛز کتھ

بہٕ زاس 16 ؍ دسمبر 1977ہٕ س منٛز بوگام، تحصیل تہٕ ڈِسٹرکٹ کولگام۔ میٲنٛس پِتا جی سُنٛد ناو چھُ شری موہَن لال کول۔ یہِ چھُ سۄ گام ییٚتھٕک مشہوٗر شاعِر سورگیہِ پرٛیم ناتھ کول ارپن اوس۔ بہٕ چھُس تہنٛدی خانٛدانہٕ منٛزٕ۔ اَتھ خانٛدانس منٛز چھِ زٕ اَدبی تارکھ یِہنٛد ناو ڈاکٹر اومکار کول تہٕ ڈاکٹر روٗپ کرٛشن بھٹ چھُ۔ یِم گیہِ میٲنٛز زِٹھی پیٚتر۔ یِموٕ ے چھُس بہٕ یَتھ کامہِ کارس منٛز اَونمُت۔ بہٕ اوسُس گریجویشن گران تہٕ کول صاٲبن وۄن میٚہ زِ اُردوٗ کونسل دہلی ہُنٛد اکھ سینٹر چھُ جیٚمہِ کھُلَن وول ییٚتہِ زَن اُردوٗ کمپیوٗٹر ٹایپنٛگ ہیٚچھناونہٕ ییٚیہٕ۔ مےٚ کۄرُن بانٛد بانٛد یہِ کورَس کرنہٕ باپتھ۔ میٚہ کۄر اُردوٗ کونسلہِ ہِنٛدِس جیٚمی سینٹرس منٛز اَکہِ ؤری یُک کورَس "Muliti-Linguial DTP Course"۔ کورَس مُکمل سپدِتھ بُلوٗس بہٕ کول صاٲبن میسور کرناٹک ییٚتہِ تِم "Central Institute of Indian Languages" ہٕکۍ ڈایریکٹر ٲسۍ۔ کورَسس منٛز اوس میٚہ اُردوٗ، اِنگلِش تہٕ ہیندی کمپیوٗٹر ٹایپنٛگ ہیٚچھمٕژ۔ کول صاٲب ٲس یژھان زِ بہٕ گۄژھُس کٲشرِس منٛز تہِ ٹایپ ہیٚکُن کٔرِتھ۔ مگر میٚہ اوس نہٕ کٲشُر پرُن لیکھُن تگان۔ میٚہ اوس اُردوٗ میٹرکس تام پۄرمُت۔ ہِوٗ ے سِکرِپٹ

سارِنے افسانَن پٔٹھ کتھ کرٕنۍ چھےٚ نہٕ ضۆرۆری، کیٛنٛہہ چھُ قأری یَس پٔٹھ ترٛاوُن تہِ ضۆرۆری تِکیاز ِسُے چھُ اٰخری مُصنِف تہٕ فأصلہٕ کرن وول۔

ژھوٚٹس مَنٛز وَنہٕ بہٕ یہِ چھےٚ رِنکو کوٚلنٛۍ جان کوٗشِش تہٕ افسانہٕ چھِ سأدٕ وار، زَبان چھکھ رٕژ تہٕ اَسہِ پَزن رِنکو جِیَس اَمہِ خأطرٕ مَٹہِ مَٹہِ دِیُن۔

**مکھن لال پنڈتا**

27/نومبر 2009ءٕ

دُرگا نگر، جۆم۔

☆☆☆

ہنز کِتابہٕ کرِ میہ کأشرِس منز DTP۔ ووٚنی ہیٚژن میہ نش ڈوڈہ، بھدرواہ تہٕ کشتواڑ کین أدبین ہنز تہِ کأم واتنِ۔

میہ کر NRLC تہٕ سمپرٛتی ہندِس أکس ورکشاپ منز تہِ شرکت یٚتہٕ کأشر دیوناگری لِپی ہیٚچھنہِ باپتھ سافٹ وٚیر، سکرپٹ تہٕ قأعدٕ تیار آیہٕ کرنہٕ۔ دیوناگری کأشرِس منز گوڈنچ کِتاب یأژی تو قأعد "وٕلو کأشُر ہیٚچھو پرائیمر 1" تہٕ "وٕلو کأشُر ہیٚچھو ریڈر 2" کوٚر میےٚ کمپیوٹرس پٹھ ٹایپ تہٕ DTP۔

میہ کرِ اَزتام لگ بگ پانژھ ہتھ کِتابہٕ کأشرِس (نستعلیق، دیوناگری)، اُردوٗ، ہیندی، اِنگلش تہٕ سنسکرتس منز کمپیوٹرس پٹھ DTP، یِمو منزِ کیٚژن أدبین ایوارڈ تہِ میوٗل۔ یِمن منز ڈاکٹر رتن لال شانت صأبنز "ژھین"، سورگیہ ڈاکٹر بھوٗشن لال کول صأبنز "اَرزتھ"، ڈاکٹر روٗپ کرٛشن بھٹ سٕنز "ہندوستأنی افسانہٕ تہٕ شرٛیمتی بِملا رینایہِ ہنز کِتاب "لل میأنہِ نظرِ" شأمل چھِ۔

اَمہِ علاوٕ یِمہٕ کِتابہٕ میےٚ DTP کرٕ تم چھِ غزلہٕ، نظمہٕ، نثر، مضموٗن نِگأری، تنقید، رُباعیہ، لیلایہِ، نعت شریف، افسانہٕ سوٚمبرنہٕ تہٕ ناول نِگأری ہنزٕ۔ یِمہٕ کِتابہٕ چھِ سانہِ جموں و کشمیر کہٕ بُہلہٕ پایہِ شاعرو تہٕ سُکالرو لیچھ مٕژ یا ترتیب دِژمٕژ۔ یِتھ منز ڈاکٹر اومکار کول، ڈاکٹر روٗپ کرٛشن بھٹ، سورگیہ بھوٗشن لال کول، ڈاکٹر اے۔این در، ڈاکٹر رتن لال شانتؔ، موتی لال کیموٗ، ڈاکٹر آر۔ایل۔بھٹ، ڈاکٹر اے۔این۔پرشانتؔ، پرٛتھوی ناتھ کول سائِلؔ، مکھن لال کنولؔ، پرٛیم ناتھ شادؔ، ایاز رسوٗل نازکی، أسیر کشتواڑیؔ، جی۔آر۔حسرت گڈھاؔ، رِند بھدرواہیؔ، سومناتھ وٟرؔ، جگن ناتھ ساگر،

آسنہٕ سبَبہٕ ہیٚوت میہ کأشُر پرُن تہٕ اَتھ منٛز کوٚر میہ ڈاکٹر صأبَن سبٛتھاہ اَتھٕ روٚٹ۔ تمو ہیچھنوٗس بہٕ اتھٕ رٕٹۍ رٕٹۍ کأشُر تہٕ پتہٕ دِژکھ میہ گوڈنچ کأم شرٛی پریم ناتھ کول ارپن صأنٛز ''کأشِر بھگوت گیتا'' ٹایپ کرنہٕ باپتھ۔ یہِ کِتاب گٔر میہ سنہٕ 1999ہٕ منٛز کمپیوٗٹرس پیٹھ ٹایپ تہٕ اچھ گٔر پروٗف ریڈ نِگ ڈاکٹر صأبَن دویہِ ترٛیہِ لٹہٕ تہٕ چھپاوکھ۔ پتہٕ گٔر میہ CIIL ہچ کأم شوٗروٗ۔ اَمہِ ڈِپارٹمنٹہٕ خأطرٕ گرِ میہ وارِیاہ کِتابہٕ DTP۔ اَتہِ روٗدُس بہٕ دون وٕرۍ یَن تہٕ اَتہِ پیٹھ گوس پٹیالہ کِس Northern Regional Language Centre دفترس، یِیتہِ زَن ڈاکٹر روٗپ کرشن بھٹ پرنسپل چھِ۔ اَمہِ ڈِپارٹمنٹہٕ خأطرٕ تہٕ کرِ میہ وارِیاہ کأشرِ تہٕ اَکھ اُردوٗہچ کِتاب "An Intensive Course in Urdu" ٹایپ۔ کأشرس منٛز کرِ میہ ڈاکٹر سوٗمناتھ رینہ صأبنہِ ایڈِیٹ کرمٕژ ترٛے کِتابہٕ تہٕ بھٹ صأنٛز اکھ کہانی سوٗمبرن ''ہردٕ واو'' تہٕ ٹایپ۔

اَمہِ پتہٕ کھوٚل میہ سنہٕ 2004ہٕ س منٛز جیٚمہِ پٔنُن اَکھ سینٹر "IILS DTP Center" ناوٗک۔ یِیتہِ بہٕ کأشرِ، ہیٖندی، اُردوٗ، انگریزی تہٕ سنسکرتس منٛز کِتابہٕ چھُس DTP گران۔ شایَد آسہٕ بہٕ وأحِد نفر جموں کشمیرس منٛز یُس زَن ژورَن زبانَن منٛز کِتابن ہُنٛد DTP ہیٚکان چھُ کٔرِتھ۔ جیٚمہِ چھُس بہٕ وارِیاہَن گورنمنٹ، پرائیویٹ تہٕ کیٚنٛژن کلچرل آرگنائزیشنَن ہنٛز کأم گران، یَتھ منٛز ساہِتیہ اکادمی دہلی، اُردوٗ کونسل دہلی، AIKS دہلی، بھگوان گوپی ناتھ جی ٹرسٹ جموٗم، سمپرتی جموٗم، ناگراد اَدبی سنگم جموٗم تہٕ بێیہِ تہٕ وارِیاہَن آرگنائزیشنَن ہنٛز کأم شأمِل چھےٚ۔ لگ بگ جیٚمہِ کٔبن سارنٕے کأشرِ بن أدبِین

# پۆژھ

صُبحن أس مےٚ موج آلو گران ''ژپر ہا گوَے، سُہ ہا آسہِ ریلوے سٹیشنَس پیٹھ پڑاران۔ ووتھو ووٗنی پانژھ ہا بجے یہِ۔''

یہِ صُبحٕچ نینٛدٕر کأژاہ میٹھ تہٕ ٹأٹھ چھےٚ مےٚ، تہٕ زانہٕ بےٚ۔ ماجہِ ہُنٛد آلو بۄزِتھ گوم مُشکِل۔ مگر کرٕ ہا کیٛاہ کالہٕ اوس دِلہِ پیٹھٕ أکی پٔژھی ٹیلیفون کۆرمُت زِ پگاہ صُبحن پانژھ بجے واتہِ سُہ جۆم ریلوے سِٹیشَن۔ کشالن ووٗتھُس، بُتھ چھۆلُم باثبرِ ہۆتُے، سکوٗٹر کۆرُم سِٹاٹ تہٕ دڑاس ریلوے سٹیشن۔ وتہِ اوٗسُس زامنہِ گَران تہٕ أمِس پٔژھِس تیمی میٛأنی صُبحٕچ نینٛدٕر حرأمی کٔر، اوٗسُس تبراہ پَران۔

ساڑھہِ پانژھ بجے ووٗتُس بہٕ پلیٹ فارمَس پیٹھ۔ اَتہِ بۄزُم ضۆرۄری

جواہر لال سرور، رتن لال جوہر، موتی لال ناز، جواہر لال کوسم، پیارے ہتاش، موتی لال مصروٗف، بال کرشن سنیاسی، پی۔ایل۔سُدیشی، ہرٕدے ناتھ کول رِند، ڈاکٹر بنسی لال کول بنسی، بملا رینہ، سنتوش شاہ نادان، چندرا ڈاسی، گرِجا کول، سُنیتا رینہٕ تہٕ بیٚیہٕ تہٕ واریاہَن لِکھاربن ہٕنٛزٕ کِتابہٕ شأمِل چھےٚ۔

یِمہٕ کامہِ گران گوٚس بہٕ مکھن لال پنڈتا ہٕنٛزٕ دوٚیوٚ افسانہٕ سوٚمبرنوٚ ستی سبٹھاہ مُتأثِر۔ یِہٕنٛزٕ افسانہٕ نِگأری تہٕ خاص کر یِمو یوسہٕ زَن گأمی زبان پننہٕ نِبن اَفسانَن منٛز ورتاوٕمٕژ چھےٚ، تمہِ چھُس بہٕ وارِیاہ مُتأثِر کوٚرمُت۔ یِہٕنٛزٕ افسانہٕ سوٚمبرنہٕ DTP گران ییٚتہٕ میٚہ تہٕ افسانہٕ لیکھنٕچ تہٕ اَتھ منٛز کرٕمےٚ شری مکھن لال پنڈتا صأبن سبٹھاہ جان راہبری۔ پنٕن قیمتی وقت کڈِتھ کٔر یِمو میٲنِن افسانَن شیرِ پأر۔ یِمہٕ خأطرٕ بہٕ تِہُند سبٹھاہ مشکوٗر چھُس۔

بہٕ روزِ ہر ہمیشہِ پننہٕ نِبن وتہٕ ہاوکن ڈاکٹر امکار کول صأبُن تہٕ ڈاکٹر روٗپ کرشن بھٹ صأبُن مشکوٗر، یِمو زَن بہٕ اَتھ قأبِل بنوٗوس زِ میٚہ ہیٚکیہ پننہٕ ماجہِ زیوِ ہنٛدی کینٛہہ ربن نکھہِ وأتِتھ تہٕ اَپُز خدمت کٔرِتھ۔ اَتھ منٛز یِہندِ اتھہٕ روٗٹ خأطرٕ چھُس بہٕ تِہُند تہِہٕ دِل شُکریہٕ ادا گران تہٕ آشا گران زِ یِم روزَن بزوٚنہہ کُن تہِ مےٚ وتہٕ ہاوَکھ۔

توہہِ سارِنے ہُند تہٕ کأشرِ زبٲنی ہُند رُت کانٛچھن وول۔

27 ستمبر 2009

رِنکو کول

ڈٲلنۍ۔ بہرحال تسُند بکواس بوٗزان وأتی أسی گرٕ۔ میانہِ ماجہِ خبر اَتر پرٕژھِتھ وُنُس تَمیٛ : ''چاُنس لڑکس نبی چھُنہٕ سکوٗٹر چلاوُن تگان۔ یہِ کرِ کُنہِ وِزِ کانٛہہ اَتُر۔'' أمی سُند یہِ وُنُن زِ میانہِ ماجہِ لٔج زیرٕ تہٕ وُنن ''یہِ اوس نہٕ ہمس کانٛہہ کار، أمی کوٚڈ أسہٕ تہٕ دوٚیمہِ دوہ اوٚنُس سکوٗٹر۔'' أمی سُند یہِ وُنُن گو مےٚ سیٹھاہ مشکُل۔ مےٚ سوٗنچ یہِ کوسہٕ شاہمَتھ آیہِ سون گرٕ۔ وُنہِ بیٚوٗٹھ نہٕ کُنہِ تہٕ اوٗرُک یور ہیٛوٚتُن وَنُن۔ دراصل اوس رادھا کرٛشن میانہِ مأجہِ ہُند ماسترُ بوے، یُس أکِس کھانٛدرس خاطرٕ اوس دوٗن ترٛن دوہَن خاطرٕ جوٗم آمُت۔ بہٕ کھوٚتُس پنہٕ نِس کمرٕس منٛز تہٕ شوٚنگُس بیٚیہٕ۔

اڑِ گنٹہٕ پتہٕ کھور میانہِ ماجہِ رادھا کرٛشن مکان ہاوِنہٕ باپتھ ہیوٚر۔ ییٚلہِ أمی بہٕ وُچھُس بیٚیہٕ شوٚنگتھ، أمی وٚون : ''میٚہ باسان ژٕ چھُکھ کوٚنہہ کرن ہیٛوٚ، مہا آلرٛشی، ژٕ شوٚنگکھا بیٚیہٕ؟ ژےٚ بنی نا کیٚنٛہہ ورزِش کرٕنی، شرٛان کٔرِتھ پاٹھ پوٗزا کرٕنی۔'' أمی وٚون یُتے یوٚت زِ میأنی مأج گٔیہِ بیٚیہٕ شوٚروٗ: ''کیاہ سأ چھُکھ ونان ورزِش تہٕ پاٹھ پوٗزا۔ یِم چھِ مألی پوٚتھر نوِ بجہِ ووتھان، آکھےٚ شرٛان کرنہٕ، کوٚرُکھ، نتہٕ نیرن تیٚتھے کُنی کامہِ۔ سُہ کُبتھ گو پاٹھ پوٗزا یا ورزِش۔'' مےٚ کھٔژ بیٚیہٕ رادھا کرٛشنٕنی ژکھ۔ لیٚف ہیٚژم کلہٕ نلہٕ یتھ نہٕ أمی سُند بُتھ وُچھِ صُبحأے۔ تَم وٗتھی بوٗن تہٕ أتھی ستی پیٚیہٕ مےٚ بیٚیہٕ نٛندرٕ۔

ڈٔہہِ بجے وٗتھُس نٛندرِ، جل جل کوٚرُم شرٛان تہٕ بیٚوٗٹھُس چاےٚ چینہٕ۔ رادھا کرٛشن اوس ٹی۔وی وُچھان تہٕ چاےٚ چوان۔ أتھی منٛز وٚون أمی مےٚ:

اِطلاع ''وُنل آسنہٕ کَنہٕ چھےٚ ٹرین اکھ گنٹہٕ لیٹ۔'' تتھےٚ میےٚ یہِ بوٗز، مےٚ ترٛوو پھرٛکھ ہیٚژ۔ اَکھ بینچ وُچھُم خٲلی تہٕ اَتھی پیٹھ ترٛاوُم لر، مگر شورِ شرِ ستی آیم نہٕ نِندٕر۔

مےٚ اَسی سردی ستی دَنٛد ٹکر وَژٕتی۔ چایہِ وٲلِس اَکِس ہیٚوٗتُم چایہِ کپ۔ وُنہِ اوُسُس چاے چوانے زِ ٹرین گَیہِ مےٚ برٛونٛٹھ کنہِ کھڑا۔ سٲنِس مُلکس منٛز چھُ ریل ییٚنٛک تہٕ گژھنٛک وَق مُقرر مگر اَتھ ہیٚکہِ گژھتی فرق آسِتھ یُس اَسہِ چھُ کُنہِ وِزِ پھیکہِ پھیکہِ وَیہِ وُن گژھان۔ دہہِ پنٛداہہِ مِنٹہِ پتہٕ گو مےٚ پَتُن پوٗژ رادھا کرشن ٹرینہِ منٛز وسان نظرِ۔ مےٚ ترٛوو چایہِ کپ ڈسٹ بِنس منٛز، برٛونٛہہ کُن گژھتھ کوٚرمَس نمسکار۔ تٔمی رٹُس نالہِ متہٕ تہٕ پرٛژھنَم گرِچ خبر اَتر۔ یہِ ونان ونانےٚ پلہِ نٲوِنَم زِ بیگ اَتھَس کنٛبتھ۔ یِم بیگ اَسی تیتی گوٚبِ زِ مُشکلن ہیٚکی مےٚ۔ پانہِ تُلن اَکھ لوکُٹ بیگ۔

مےٚ پرٛژھُن: ''کیاہ سأ گوٚب ما گوٚے؟''

مےٚ وونُس: ''نہٕ مہرا یمن نےٚ چھُ وزنےٚ کینٛہہ۔'' أندری وونُم ''زن چھےٚ یمن منٛز کنہِ برٛتھ۔'' اَتھی منٛز واتی اَسی ریلوے سٹیشنہِ نبرَ پارکنگ منٛز۔ مےٚ تھوٚوی بیگ سکوٗٹرس الونٛد تہٕ کوٚرُم سکوٗٹر سِٹاٹ۔ رادھا کرشن بیوٗٹھ پتی کَنہِ سیٹہِ پیٹھ تہٕ اَسی درٛایہِ گرِ کُن۔ وَتہِ اوسُم ونان: ''گوٚ برا سکوٗٹر چلاو وارِ وارِ، ہارن کر، یپاری نیر ہپاری نیر، بریک دِ، رُک ووٗنی، وغٲرِ وغٲرِ۔ مےٚ گو سمبھاہ مشکُل مگر وونمس نہٕ کَنٛہہ۔ سوٗنچان اوسُس تیٚنٛدِ بگ بگ ستی گژھم نہٕ مغز

مۆ دمُت۔''

''ہتۍ بی گۆپی ناتھ چھُ گُزریومُت۔ اَز چھُس دۆیم دوہ۔ کھاندر والین کیاہ ساَ پیپہ تڑٹھ۔ یہ گو تمِن زیُٹھ بوے۔ لوکٹس بأیس شام لالس چھُس کۆرِ کھاندر۔ مےٚ چھُ باسان کھاندر گڑھنہٕ کینہہ۔''

''تموَے سأرے تیأری آسہِ کرمڑ، تمِن پزِ کھاندر کُنہٕ طریقہٕ نکھ والُن۔'' میأنہٕ ماجہِ وۆنُس۔

''ہتۍ بی کیاہ چھکھ ونان، یم بارٕنی اَس رام تۍ لکھمن۔ یُتھ ہیُو بأے توٚن آسہِ نہٕ دُری سمسارس منز۔ تِہنز مِثال اوس گأمی گام دِوان۔ نہٕ مےٚ چھُنہٕ باسان کھاندر گڑھِ۔'' رادھا کرشنن وۆنُس۔

بۍ اوُسس رادھا کرشنس بڈٕ غورٕ سان وُچھان تۍ بوٗزان۔ سُہ اوس خألِص تڑاہہِ تڑاہہِ کران۔

بۍ اوُسس وُنہٕ چایی چوان زِ اُمۍ وۆن مےٚ: ''گۆبرا ووتھ ساَ ووٚنی گڑھو تأزی یتس، کرساَ جلدی۔''

بۍ وۆتھُس بڈٕ مجبوٗری سان تۍ کھۆتُس پتہٕ نِس کمرس منز پلو لاگنہٕ۔ بون وسان وُچھُم رادھا کرشن تیار سکوٗٹرس نِش کھڑا میأنہٕ ماجہِ کُن ووٚش تڑاوان تۍ خاموشی سان وُچھان۔

مےٚ کۆر سکوٗٹر سِٹاٹ تۍ ماجہِ وۆنُم کنس تل: ''سکوٗٹر چلأوی زِ وارٕ وارٕ، یتہٕ کانہہ اَتُر کرکھ۔''

''گۆبرا ٲڑ بجہِ چھُکھ ژٕ کالیج گژھان؟'' مےٚ دۄپمَس : ''دۄیہِ بجہِ۔'' ''اچھا گو دۄیہِ بجہِ تام چھُکھ ژٕ یلیے۔ تیٚلہِ تژا و میٚہ شاستری نگرٕ گۆپی ناتھنہِ گرِ۔ تِکیٚازِ سو اوس سخ بیمار تہٕ تٔمِس ہیمہٕ ہا خبر۔ پگاہ چھُم کھانٛدرس گژھُن تہٕ کأژ کیٚتھ شامَن چھُم واپس دِلہِ نیٖرُن۔''

مےٚ کھٔر ژکھ تِکیٚازِ صُبحن اوس ماجہِ ونان : ''أمِس نا ے چھُے سکوٗٹر چلاوُن تگان۔'' وونٛ چھُم ونان: ''میٚے تژا وکھا شاستری نگرٕ گۆپی ناتھنہِ گرٕ۔''

''نہٕ ہرگز نہٕ'' بہٕ اوُسس یی سوٚنٛچان زِ میٲنہِ مأجہِ ووٚنُس چوکہٕ منٛزٕ ''اِ کیٛاہ سا تژاوِی تہٕ تیٲرٕ گژھِ کالیج تہِ۔''

''اچھا مہرا تژا وو'' مےٚ ووٚنُس۔

تٔمی پرٕژھ : ''مول کر سأ یِی کٔشیرِ پیٹھ واپس؟''

''سُہ مہرا واتہِ بٹہٕ وارِ تہٕ ژٔندروارِ چھُس ڈِیوٗٹی واپس واتُن۔'' مےٚ ووٚنُس۔

أتھی ہتی لوگ أمی اَخبار پرُن تہٕ گوڈٕنیتھ دِژن دۄیمِس صَفس نظر، یتھ منٛزٕ موردَن ہنٛدی ناو تہٕ فوٹوٗ چھِ چھپےٚ متی آسان۔ یہِ اوس یم ناو بڈٕ غورٕ سان پَران تہٕ أتھی دوران وُچھ أمی گۆپی ناتھُن فوٹو تہِ۔ أمِس ژٔج یکدم کرٛکھ نیرِتھ: ''ہےَ ہےَ یہِ بچوٗر موٗدا۔ پتٕمہِ ہفتہٕ اوس دِلہِ منٛز نژان تہٕ پھیران۔ مےٚ نِشہِ تہِ آو۔ مگر أمِس نےٚ تأرِ ے لٔج نہٕ۔''

میٲنٛی موج دژا یہِ بچنہٕ منٛزٕ نبر تہِ ووٚننس: ''کیٛاہ سأ دٔلیل، کُس چھُ

پلو۔ بون ؤسِتھ بیٚوٚٹھس بہٕ تہٕ رادھا کرٛشنٕنۍ دلیل بوزنہٕ۔

سُہ اوس وَنان : ''کھاندر گو مُلتوی تہٕ ووٚنی ییہِ شےٚ یہِ رٹتی کرنہٕ۔ لڑکہٕ والو تہِ چھُ مونمُت۔ تم أسی سبٕٹھاہ دوٚکھس منٛز تہٕ سأری بأے أسی ودان تہٕ دپان زِ صُبحن تام اوس ٹھیک پأٹھی، بُتھ چھوٚلُن، پۆزا کرٕنی، چاے چٔیَن تہٕ سارِنٕے دُیُٹن روخصت پنٕنہٕ نٕنن کامن نیرنہٕ خأطرٕ۔ دُپہرن کھوٚن کِہے بتہٕ پھولا تہٕ شونٛگ۔ أتھی دوران ترٛأو تٔمۍ زٕہٹھ نینٛدر یَتھ نہٕ زانٛہہ گاش چھُ پھوٚلان۔ ژوٚرِ بجہِ ییلہِ نوشہِ وُزنوو چاے چِہنہٕ خأطرٕ تمہِ وُچھ سُہ شیٚہلومُت۔ تِمس ژج کرٛکھ نیرِتھ تہٕ سمے یہِ سأری۔ یہَے گوو مرُن۔ نہٕ دِتُن کأنسہِ تکلیف تہٕ نہٕ کوٚرُن پانَس عذاب۔ مگر صِرف کوٚرُن کھاندر والین مُشکِل۔ چلو یہِ بھگوانس کرُن چھُ آسان، تی چھُ گران، ئلِکہِ أتھی منٛز آسہِ کیٛنٛہہ رُت۔ اَسہِ کِھو بتہٕ تہٕ مےٚ دوٚپ ماجہِ ''یہِ کتہِ شونٛگہِ؟ تمہِ ووٚن ''یہِ ہا شونٛگہِ چأنِس کمرس منٛز۔''

مےٚ ترٛووبستر ماجہِ خأطرٕ تہٕ کھٔتی أسی ہیٚری مس کمرس منٛز شونٛگنہٕ۔ مےٚ ترٛوو بِستر تہٕ کتھِ گرہان گران پییہِ أمِس نینٛدر۔ مےٚ تہِ ہیٚژن نینٛدر پینٛی۔ أتھی دوران گوو سیٚنہٕ کٔنن کھرٛ ون...... کھرٛ ون...... کھرٛ ون......

یِم آواز آسہِ گوڈنیتھ سبٕٹھاہ لوتہِ مگر وارٕ وارٕ گو یِہنٛد تیزر بڑان۔ بہٕ گوس ہُشیار تہٕ وُچھُم رادھا کرٛشن کھرٛ وٚکھ ماران۔ مےٚ کٔر کوٚشِش بییہِ شونٛگنٛچ مگر یِم کھرٛ وکھ أسی ووٚنی کٔنن زَن زوٚد گران۔ مےٚ تھوٚو شانٛدٕ گوٚنڈ کٔنن پٹھ مگر

مےٚ وۄنُس : ''تلے کر ژھوپہٕ۔ بہٕ ہے چھُس وارِ وارِ چلاوان۔ کیاہ مےٚ چھُنا پٔنٕ زُوٗتوٗٹھ۔''

أسی دژایہِ شاستری نگر کُن۔ وتہِ لأج أمی بیٚیہِ سو راگ وٕنٕنۍ: ''گوٚبرا وارِ وارِ پکھ، ہُپأرۍ نیر، یپأرۍ پکھ، ہارن کر، بڑیک دِ وغأرِ۔'' مےٚ اوس مَتھ گژھان یہِ تژاون اَتی تہٕ گژھہِ کالیج۔ مگر پوٚژھ اوس دِلہِ پیٹھ آمُت تہٕ تمہٕ علاوٕ اوس ماجہِ ہُنٛد ماسٹر بوے۔ سوے مےٚ کأڈۍ کھیٚیہِ ہے۔

شاستری نگر وأتتھ کوٚر اَسہِ پتاہ گوٗپی ناتھُن گرٕ کتہِ چھُ۔ کینژٕ وکوچو مَنٛزٕ وأتی أسی گوٗپی ناتھُن گرٕ۔ تتہِ اوس چھتَس پیٹھ سایبان لگتھ تہٕ کیٚنٛہہ نفر أسی یِوان تہٕ گژھان۔ یِیلہِ کانٛہہ نفر اندر اوس اژان، سبٹھاہ زورٕ سان آسہٕ وَدَن کرٛکہٕ گژھان تہٕ کینژٕ کألۍ ژھوپہٕ گژھان، یوٚتانٛ کانٛہہ بیٚیا کھ نفر اوس اندر اژان۔ مردَن اوس چھتَس پیٹھ بیٚہنُک اِنتظام تہٕ زنانَن اوس أندرِ مکانس منٛز۔

رادھا کرٛشن کھوٚت چھتَس پیٹھ تہٕ بہٕ دژاس کالیج کُن۔ وتہِ أس مےٚ زَن کنَن کنہٕ وان گژھان، ہارن کر، یپأرۍ نیر، ہُپأرۍ نیر، بڑیک دِ...... مےٚ أس ژَکھ تہِ کھسان تہٕ پأنس سِتۍ !وُسُس اَسان تہِ۔

کالیج وأتتھ پنہٕ نٮ۪ن دوستن سِتۍ ژاس بہٕ کینٹینس منٛز چایہِ کپا چینہٕ تہٕ سموسہٕ کھنہٕ۔ تمہِ پتہٕ کیٚنٛہہ کلاس دِتھ دژایہِ أسی جلدی تہٕ ژایہِ سنیما ہالس منٛز۔

شامنس ووٚتُس بہٕ أٹھ بجہٕ گرٕ واپس تہٕ رادھا کرٛشن وُچھُم میانہٕ ماجہِ شاستری نگرٕچ ڈیلیل ونان۔ بہٕ کھوٚتُس سیٚوٗدٕ پنہٕ نِس کمرس کُن تہٕ بدلاوِم

دِمہٕ اَسَس تھوٚپ، مگر ستی اوُسس شانت گرٕھان...... خبر کیاز؟

ہُشیار آسنہٕ سبہٕ اوُسس بہٕ گرا گرِ کُن وُچھان تہٕ گرا رادھا کرٕشنُن گانہٕ

گُج ہِوس اَسَس کُن، یُس یلہٕ اوس تہٕ زَن اوس پڑاران کانٛہہ تڑاوِ نا تڑیش۔

ستی آو مےٚ خیال، سائینس چھےٚ بے پناہ ترقی کرٕمژ، اکھ زوٚر چھُ بۄزِتھ

ہبکان تہٕ اکھ اوٚن وُچھِتھ۔ کیاہ سنا یتھ بمارِ چھُنا کانٛہہ یلاج وڑامُت۔ شاید

ما آسِہ وڑامُت۔ آ۔ کُس تانی اوس ونان زِ اکھ تیل چھُ وڑامُت یُس شوگنہٕ

بڑوٕنٛہہ نستہٕ مَنز کینٛہہ پھیٚری تڑ اَوِتھ چھِنہٕ یِم بھیانک آوازٕ نیران۔

اَتھی دوران تڑ اَو مےٚ بیٚیہٕ گرِ کُن نظر تہٕ راَتژ ہنزٕ تڑے اَسہٕ بجے مٕژ۔

مےٚ اَس نہٕ ننٛدرٕ پیٚتھ پتہٕ ہی لگان زِ راتھ کتھ کُنی موکلے یہ تہٕ از آیہ شاہمتھ

یٚیمہِ کَنی مےٚ راتہٕ موغُل پیوٚ بُن۔ مےٚ پیٚیہ ووٕنی صُبح کتھ یاد یٚیلہِ زَن

رادھا کرٕشن میٲنہٕ ماجہِ اوس ونان "صُبحن گرٕھ پاٹھ پۄزا تہٕ ورزِش کرٕنی۔ چھُنا

صلاح از ووتھ بہٕ جلدٕ ے تہٕ کرٕ گوڑ ورزِش تہٕ پتہٕ کرٕشران گرتھ پاٹھ پۄزا۔"

یہ سوٚنچان سوٚنچان پیٚیہ مےٚ اَتھی ستی ننٛدرٕ تہٕ یٚیلہِ مےٚ اَچھ مُژراوِ تمہِ وِزِ آسہٕ

ساڑٕ دٕہ بجے مٕژ۔

مےٚ وُچھ رادھا کرٕشن اوس ووٕتھمُت۔ مےٚ ہیٚژ کلہٕ نلہٕ بیٚیہ لیف تہٕ

بیٚیہ کرِم شوٚنگنچ کوٗشِش۔

مَنزی گیہِ مےٚ کَنَن آواز : "ہیو کالیج چھےٚ نا گژھُن، ژیرٕ ہا گوٚے،

دوہ ہا آو دوپہر، ووتھو ووٕنی......"

توتہِ اُسی زَن شاندٕ گونٛڈٕ مٔنزی کنٛس تانٛی واتان۔ مےٚ کوٚر کلہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ تہٕ رادھا کرٛشنس کُن گریم زنٛگہٕ مگر یہِ بزٲر آواز زَن اُس رژٕ پتہٕ رژٕ بڈان۔

مےٚ سوٗنٛچ زِ ووٚنی تھوٚپھمب کنَن مَنٛز دِتہٕ نیٚندر پییہٕ۔ مگر تمہِ خاطرٕ اوس دوٚیمس کمرس گژھُن۔ لہٰذا ووٚنم پانَس: ''یہِ بےٚ ربد سنگیت کر بَرداش۔''

ووٚنی اُس یہِ آواز بدلٕ بدلٕ رۄپ دارن گران۔ گرا اوس باسان زَن تہٕ اکھ ٹرک سبٹھاہ سامانہٕ برِتھ کُنہِ چڑاۓ چھےٚ کھسان تہٕ اَتی اوسُم باسان زَن چھُس بہٕ گپن گانس مَنٛز شونٛگتھ ییٚتہِ واریاہ قسمکی جاناوار چھِ پننہِ پننہِ بولہِ بولان۔ ءتی آو مےٚ خیال زِ ییمہِ آوازِ کرٕہِکھ بہٕ رِیکاڈ تہٕ پوٚژھ بوزناوَن کُس ترٛٹہٕ برُن چھُکھ ننٛدرِ مَنٛز ژلان۔

اَتھی ءتی باسیوٚ مےٚ زَن ہمسایہِ گرن مَنٛز ڈٕز بجلی۔ مےٚ سونٛچ تمن تہِ ما آسہِ ہے یہِ آواز پریشان گران۔ مےٚ پییہٕ گرِ کُن نظر ساڑٕ باہ آسہِ بجے مٕژ۔ مےٚ ووٚن پانَس: ''پاناہ وُنہِ چھےٚ نصف راتھ باقے۔''

ووٚنی اوس مےٚ باسان آواز چھےٚ پوٚرٕ مجلس وُزناوان۔ تکیاہ زِ نبرٕ آسہِ کینٛہہ آوازِ تہٕ گژھان۔ بہٕ اوسُس سونٛچان رادھا کرٛشنی گرٕ واجنی کتھٕ کٔنی چھےٚ یم کھرٛ وکھ برداش گران۔ شاید ما آسہِ سو تہِ کھرٛوکھ ماران یا ما آسبس ووٚنی عادتھ گومُت بوٗزنک۔

مےٚ اُس نہٕ ووٚنی بلکُل نیٚندر یِوان۔ بہٕ اوسُس یم کھرٛوکھ گرا گنٛز راوان گرا اوسُس کیاہتام سونٛچان۔ متھ اوسُم گژھان تھوٚد ووتھٕ تہٕ رادھا کرٛشنس

''ۆُچھو مہرا یمو کُنہِ دوہ ییٚلہِ فُرصتھ آسہِ۔''

تٔمۍ وٚون ''از ییٚہِ زِ کالجہِ جلدٕے پہٕن تہٕ پتہٕ ترٛاوکھ مےٚ سکوٗٹرس

پیٛٹھٕ سٹیشن تِکیٛازِ مےٚ چھےٚ شیٚیہِ بجہِ ہنٛزِ ٹریٛنہِ گژھُن۔''

مےٚ پُرٛژھُس ''اچھا مہرا ییٚہِ کرِ ییٚو؟''

''جلدٕے''۔ تٔمۍ وٚون سوٗنٛچنہِ کرنہٕ ۆرآیی۔

یہِ بۆزِتھ کوٚر مےٚ سکوٗٹر سِٹاٹ تہٕ دراٛس کالیج۔



(28/12/2005)

بہٕ گوس کھڑاتہٕ ماجہِ وۄن مےٚ : ''ژٕ کیاز ِ چھےٚ اَچھ ووزلیمژٕ۔ توہہِ ما اٗسۍ رأتی راتس کتھٕ کران، وُنیٚنڈُر ما کوٚرۍ، توَے ما چھےٚ اَچھ ووزلیمژٕ۔''

مےٚ ووُنس : ''وُنیڈرُے چھُ مےٚ گوٚمُت سُہ اوسُے رأتی راتس خرٕ سٕندی پأٹھی شونٛگِتھ تہٕ تمۍ کڈۍ بیٛانکھ کھرٛوکھ ییٚمہِ ستۍ نہٕ مےٚ رأتی راتس اکھ زول نیٚنڈر گرٕ۔''

تمۍ ووٛنم : ''گوٚبرا، یہِ اوسُے اَمِس لوکچارٕ پیٹھٕ عادت۔ یہِ اوس گامس منٛز یمو کھرٛوکو کِنۍ مشہوٗر۔ اَمِس اوس ریٚژھ 'کھرٛوکھ بان'۔ اَمۍ کوٚر اَتھ وارِیاہ یلاج مگر یم ژٕلۍ نہٕ اَمِس۔ اچھا کر شرٛان تہٕ کالیج خأطرٕ کر تیأری۔''

بہٕ ژاس شرٛان گرِتھ اندر تہٕ وُچھُم رادھا کرٛشن بیٚیِہ اخبارُک دوٚیِم صفہٕ بڑٕ سنجیدگی سان وُچھان۔ مےٚ سوٗنٛچ زِ شاہمتِنۍ گوناہ، یِنہٕ بیٚیِہ کانٛہہ نفر آسہِ سورگواس سپُدمُت بہٕ تہٕ مےٚ چھُ یہِ واتہٕ ناوُن توٚر۔ اَمۍ وۄن مےٚ از گرتھ ژےٚ وارِیاہ نیٚنڈرٕ۔ بیٚیہٕ نیٚنڈر چھا کران؟ ژٕ رأتی راتس تہٕ اوسُکھ شونٛگِتھ۔ یہِ نیٚنڈرِ یڈ چھےٚ ناکھسان۔ یہِ بوٗزِتھ کھرٛ مےٚ سبٹھاہ ژکھ۔

بہٕ ووٚتھُس تھوٚد تہٕ دژاس نبر چکر کرنہِ۔ واپس یِتھ کھیوٚم بتہٕ پھولا تہٕ دژاس کالیج کُن۔ نیران نیران وۄن اَمۍ : '' گوٚبرا ووٛنۍ کر یِکھ ژٕ دِلہِ تہِ یہِ ماجہ تہٕ کرٕناوہَن چکر۔ چانِس مأ لِس کریوٚ و مےٚ وارِیاہ لٹہِ زارٕ پارٕ زِ دِلہِ یِتھ گرٛھو اَسۍ ہرِدُوار، مگر تمِس چھےٚ نہٕ فُرصتھے۔ ووٛنۍ انِتن ژٕ کُنہِ دوہ پانس ستۍ۔''

اَکہِ طرفہٕ سکوٗٹرن ہُنٛد شور، بییہِ طرفہٕ میٹا ڈورن ہُنٛد پپں پپں، تہٕ تِتھٕس رٔشس مَنٛز بُسن ۂنٛدۍ ہارن۔ کانٛہہ اوس نہٕ صبرٕس کأم ہوٚان بلکہِ اَسۍ دٔچھنۍ کھوٚورۍ نیرنٕچ کوٗشِش گران۔ مٔنٛزۍ اوس کانٛسہِ تکرار تہِ گژھان۔ کیٛنٛہہ فاصلہِ کڈِتھ اوس ٹریفِک جام تہٕ اتھٕ اَسۍ سأری سکوٗٹر تہٕ گاڑِ وأل بڑیکن پیٹھ اَتھٕ کھور تھٔوِتھ پژاران، زِ کر کھُلہِ جام تہٕ تِم پکن برٛونٛہہ کُن۔ دٕہ مِنٹ گیہِ، پنٛداہ مِنٹ گیہِ مگر جسرٕ اوس پننہٕ جایہِ تہٕ اَتھ آیہِ نہٕ اکھ رَژھ تہِ جنٛبش۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ہیٚژ سکوٗٹرو دٔچھنۍ کھوٚورۍ نیرنٕچ کوٗشِش کرٕنۍ۔ بہٕ تہِ دژاس ییمنے ستۍ۔ برٛونٛہہ کُن پکِتھ کیٛاہ چھُس وُچھان، رینا صأب چھُ پَتھر پیوٚمُت۔ بہٕ پوٚکُس برٛونٛہہ پہَن رَژھا تہٕ اَتہِ گوم تسٕنٛدِس کلس تلہٕ گنہِ رَتھ نظرِ یُس وُنہِ تازٕ اوس۔ بہٕ گوس رَتھ وُچھِتھ ہے بنٛگہٕ۔ تس اوس کمہِ تانۍ بسہٕ ٹاس اوٚنمُت، ییمہِ ستۍ پتھر اوس لاینہِ آمُت تہٕ اَتی شیٚہلیوٚمُت۔ سکوٗٹر اوس ویٖل ہیٚوٗر کُن گرِتھ۔ مےٚ زَن پیٹھ کوٗڈھن لورِ ژنٛڈ تہٕ أچھن گوم انٛہِ گوٚٹ۔ وُنۍ پنٛداہ مِنٹھ برٛونٛہہ اوس یہِ مےٚ ستۍ کتھ گران زِ سُہ موکلاوِ کوٗرِ تہٕ نیچوٚ سُنٛد کھانٛدر تہٕ پتہٕ ژاوِ کھور وہرِتھ ننٛدٕرا۔ تٔمۍ بچأرۍ ژاو کھانٛدر انجام انٛہِ برٛونٛہے زیٹھ ننٛدر۔

مےٚ پیوٚ یاد تٔمۍ اوس وۄنمُت "پگاہ سمکھو بییہ" مگر سُہ پگاہ کُس اوس۔
مےٚ اوس نہٕ وُنہِ پنہٕ نٔن أچھن پیٹھ یقین یِوان زِ سُہ کیٛاہ موٗد۔ سُہ پگاہ یُس تٔمۍ وۄن نیرنہٕ وِزِ اوسا پگاہُک پگاہ کِنہٕ کانٛہہ بُتھِ یِنہٕ وول پگاہ۔

(30/10/2006)

☆☆☆

# پگہٕ آش

ژور بجَنس أسی پنٛداہ مِنٹھ۔ رینا صأب وۄتھ پنٕنہِ کُرسی پیٹھٕ تھۄد تہٕ آو مےٚ نِش۔ دۄپُن: ''مےٚ چھےٚ کورِ کھانٛدرٕکتھ کتھ چلان، مُمکِن چھُ اَز ما یِیہِ تہُنٛد کانٛہہ سون۔ بہٕ نیرَے پنٛداہ مِنٹھ سُلی تاکہِ گرِ وُچھٕ دود ژوٚٹ بیٚترِ چھا أنتھ۔ قودرتن اگر یوٚژھ پگاہ سمکھو بیٚیہِ۔'' یہِ وَنتھ دژاو سُہ تہٕ بونہٕ آنٛگنَس منٛز گو سکوٗٹر سِٹارٹ کرُنک صَدا۔ سکوٗٹر دژاو تہٕ آواز گیہِ وارٕ وارٕ کم، یوٚتانٛی بنٛد گیہِ۔ مےٚ تہِ گو شوق سُلی نیرنس مگر پنٛداہنے مِنٹن اوس پژارُن لہٰذا ٹھہریوٚس۔ تِتھےٚ ژور بجے یہِ مےٚ آیہِ نہٕ وتہِ کُنہِ اتھِ۔ سکوٗٹر کوٚرُم سِٹارٹ تہٕ دژاس۔

وتہِ اوس سخ رَش تہٕ ساری أسی دَوان تہٕ دوران جَلدٕے گرٕ واتنس۔

مے چھےٚ نہٕ ضوٚرۄرتھ۔ تٔمۍ تُج واپس۔ پیٚتہٕ ہے کالس وۄنُس دوٚیمس تۄ سپٹلس

مَنٛز بِہتھ نفرن : ''بوزکھ ناہتس روپیس دِکھ کمل۔ اگر منشہٕ تیٖی، سارِنے کملن کر

روپیس پانژن ہتن ٹھیکہٕ۔ بہٕ تُلےٚ سارِیےٚ۔''

تٔمۍ ژۄرُوو بُتھ تہٕ یل دِتھ وۄننس : ''پانژن ہتن سارِیےٚ کملہٕ؟ ہوٚنہہ

ژٕ ما چھُکھ وُلہِ وۄتھمُت۔ اَتھ نرخس دِتہٕ مےٚ کأژاہ کملہٕ چھےٚ، بہٕ ہیٚمے

سارِیےٚ۔''

یِمو مِلہِ نأو دھوکھ دھونکھ، مگر باقے سَوار ہۄ گرکھ ژھبنہٕ ژھبن۔

برُ ئنز کھنڈ گرٕ ہتھ وۄن تٔمۍ نفرن پانس برٛونٹھ کنہٕ بِہتھ سوارِ : ''مے گیہٕ

کملہٕ وأرِس ہتہٕ مُرٛکری مگر مے چھےٚ خبر یہٕ دِیہٕ یِمہٕ چھیکرس پانژن ہتن۔

لہٰذا کرُس ژٕ ییٚہہِ وَنُنا، ییٚہہِ درژما پرژما، اگر سودا گو کملہٕ نمہٕ بہٕ تہٕ ژٔے دِمےٚ

پانژہ ہتھ روپیہٕ۔''

سوأری آیہِ وۄلسنَس تہٕ کملہٕ وأرِس وۄنُن : ''ہے بابا، کرساٚ مے ہتہٕ

سودا۔''

''کُس سودا'' تٔمۍ پرٛژھُس۔

''کملبن ہُنٛد۔ یٖمۍ بأے صأبن یہِ وۄنۍ تتھ پتھ تژاو سارے کملہٕ۔

پانژہ ہتھ روپیہ دِمےٚ۔ وُنی گنٛزراوے تٔۍ نوٹ۔ وَن کیٛاہ چھُکھ وَنان۔''

''پانژن ہتن سارِیےٚ کملہٕ؟'' کملہٕ وأرِی وۄنُس حأرانی باوان۔

بہر حال مول تول لوٚگ مگر سوارِ وۄنُس : ''کوٚکرس چھےٚ کُنی زنگ۔

# پھیرِ وول

مےٚ اوس پٔڑیالا أکِس ورکشاپس مَنٛز حِصہٕ نِنہِ خأطرٕ گژھُن۔ اَز پیٚٹھٕ ا بسہٕ چھےٚ چلان تمہِ کھوتہٕ زیٛادٕ چھےٚ سوارِ۔ بہرحال بہٕ کھوٚتُس جیٚمی بس اڈس مَنٛز پنجاب روڈ ویز بسہِ یَتھ جالندھر اوس گژھُن۔ بہٕ بیٚوٚٹھُس دَروازس نِشہِ أکِس دُ سیٹلس پیٹھ۔ سوارِ گیہ کھسان تہٕ مےٚ ڈٕچھِنٛز کِنٛز بیٚوٚٹھ ترٕٛ سیٹلس پیٹھ اَکھ سجن بُشرٹ پتلوٗن لٲگِتھ۔ وُنہِ آسہِ واریاہ سیٹہٕ خٲلی۔ ڈرائیورن کَڈ بَس اڈٕ مَنٛز نبرٕ تہٕ کنڈکٹرن ہیٚژ کرٕکٕہ دِنہِ 'جالندھر، جالندھر، جالندھر'۔ اکھ سوٲری کھٔرِ تہِ بیٚٹھ بیٚیِس ترٕٛ سیٹلس پیٹھ، برٛوٚنٛٹھی مس نفرس پتہٕ کنہِ۔ پَتہٕ بیٚ کالس کھوٚت پٔتۍ مہِ دَرواز اکھ کملہِ وولا کرٕکٕہ دِوان: "ڈیڑھ سؤ کی ایک کمل لو۔" سُہ ووت کرٕکٕہ دِوان میٲنہِ سیٹہِ نِشہِ تہٕ اکھ کمل ترٛٲوِن میٲنہِ کھونہِ مَنٛز۔ مےٚ ہوٗوُس کلہٕ ستۍ

# خاب

پٹیالا أکِس ہفتہٕ کِس ورکشاپس منٛز حِصہٕ نِنہٕ باپتھ ووٚتُس بہٕ اکھ
دوہ بڑ وٚنٹھے تور تہٕ ٹھہریوس NRLC سیٚنٹرس منٛز۔ یہِ سینٹر چھُ علاقأیی زَبانہٕ
مثلن کأشِر، پنجأبی تہٕ اُردوٗ ووستادن ہیٚچھناونہٕ پابتھ قأیم آمُت کرنہٕ۔ اور آسی
آسام، اُڑیسہِ تہٕ مُنی پوٗرٕ پیٹھٕ کیٚنٛہہ ووستاد وأتی متی۔ ڈوڈ ہتھ ووستادن منٛز آسہٕ
شےٚ کورِ تہٕ اَکھ لڑکہٕ یُسنٛد ناو رمیش اوس، مُنی پور پیٹھٕ آمتی۔
رمیشَس ستی گومےٚ گوڈنِکہِ دوہہٕ پیٹھٕ لگاو۔ سُہ اوس مُشہُیل، زورٕ
زورٕ اَسن کھنگالہٕ ترٛاوان، یُس مےٚ سخ پسنٛد اوس۔ أسی آسی اکثر کینٹینَس منٛز
یِکوٹہٕ گرٛہان تہٕ شامن بأگی کمرس منٛز یِکوٹہٕ بیٚہان تہٕ کتھ باتھ کرَان۔ تٔمی کرنوو
میٚون تعارُف مُنی پورچَن لڑکی ین ستی۔ تمہٕ تہِ آسہٕ مُشکِ جہِ تہٕ رلن میلن

اگر تژ اوکھ پاژن ہتن تژ او۔"

کملہِ واٗلی دِیُت سوٗنچا، أچھ وَچِن، زَن کیٛنہہ اوس سوٗنچان تہٕ حِساب کران، تہٕ تیٚتھے أچھ ہٕژراوِتھ دوٚپُنَس: "رٹھ سا کملہٕ۔ یہٕ تہٕ گژھ آزاد۔ مےٚ چھےٚ تاٗجلی گرِ گژھنَس، نتہٕ وسہٕ ہانہٕ ڈوڈس ہتَس اکھ دیلہٕ تہٕ بوٗن۔"

سوارِ رچھہٕ کملہِ، پاٗنسہٕ گنٛزراوِن ٹھَس ٹھَس گران۔ کملہِ واٗلی رٔٹی پاٗنسہٕ تہٕ دژاو۔

نفر اوس خوٗشی ژھٹان زِ سُہ گو کامیاب پاژن ہتن مَنٛز سودا کرنَس تہٕ پنٕنہِ عقلہِ پٮ۪ٹھ ہیوٚتنَس بوش کھسُن۔ تیٚتھے أسی پانس پتہٕ کنہِ سیٹس پٮ۪ٹھ نظر تژ او، سُہ نفر یسنذِ خاٗطرٕ أسی سودا کوٚر اوس بوٗن ووٚتھمُت، تہٕ خبر کوٚت ووٚتمُت۔ سُہ ووٚتھ بوٗن ساٗری ہے بس اڈس دِژن نظر مگر نفر اوس نہٕ کُنہِ۔

ڈرائیور آو گاڑی سِٹارٹ کرنہٕ خاٗطرٕ۔ تیٚتھے کملن ہُنٛد رووداد بوٗزِن، تمی کوٚر اسناہ تہٕ دوٚپُن "از بنیو وبیا کھ نفر تہٕ بیوقوٗف"۔



(7/5/2005)

پأٹھی کتھ کرٕنچ۔ سو أس اڈٕ پھوٹ کأشرِس مَنز وَنان ''کیٲہ مہراہ وارے چھِوا؟'' تہٕ پتہٕ اَسان۔ ووٚنی أس أسی اکثر کینٹینس مَنز سمکھان تہٕ أسی یکجا بیٚہان۔ سو أس وَنان زِ بہٕ کرِتَس ہتی کأشری پأٹھی کتھ تہٕ سو کرِ کوٗشش ونہٕ نچ زِ میٚہ کیٲہ ووٚن۔ ووٚنی أسی أسی بازرٕ تہٕ یکجا گڑھان ییٚمہٕ کِنی أسی پانہٕ وأنی سبٹھاہ نزدیک آیہٕ۔ اَکہِ دوہ گیہٕ أسی فِلم وُچھنہٕ، یِیتہٕ میٚہ پننہٕ دِلُک اِظہار کوٚر۔ تمہِ دِیُت نہٕ میٚہ تَمہِ وِزِ کانٛہہ تہٕ جواب تہٕ دوٚپُن سو سوٗنٛچہِ۔

دوٚیمہِ دوہ صُبحن ووٚتھس بہٕ نٕنٛدرِ تہٕ گوس پننہٕ کمرٕ چہٕ بالکونی مَنز۔ اورٕ یور دِژِم نظراہ، رانی وُچھم پننہٕ بالکونی ہنٛز کُرسی پێٹھ بہتھ کیٲہتام سوٗنٛچان، زَن أس سو کُرسی ہتی لأرِتھ گأمژ۔ نہٕ أچھ ٹِٹہِ وار، نہٕ شور تہٕ نہٕ کانٛہہ حرکتھ۔ أمی سُنٛد بُتھ وُچھِتھ گوس بہٕ سبٹھاہ حأران تِکیاز مےٚ اوس نہٕ تٔمی سُنٛد یہِ پریشان بُتھ وُچھمُت۔ سو ما آسہِ ہے أندری پریشان آسان مگر بێیس نِشہٕ أس نہٕ اِظہار کران۔

''اَما یہِ کیٲہ آسہِ وُنی کیٛن سوٗنٛچان۔'' مےٚ آو خیال۔

اچانک گیہِ نبرٕ اکھ عجیب آواز ییٚمہِ ہتی تَسنٛد دیٲن مےٚ کُن گو تہٕ تٔمی وُچھس بہٕ تس کُن وُچھان۔ تَس کھٕژ نہٕ دڑہہ۔ تمہِ کوٚر مےٚ نمسکار تہٕ ژاہِ پنٕنِس کمرس مَنز۔ بُتھ چھٕلِتھ گوس بہٕ کینٹینس مَنز چاے چینہٕ۔ اَندر أژی تھے پیٚیہِ مےٚ رانی کُن نظرٕ تہٕ بہٕ گوس تٔمِس نِش بیٚہنہِ۔ مےٚ سوٗنٛچ زِ بہٕ پرٛژھس ژٕ کتھ سوٗنٛچس أسکھ بالکونی پێٹھ گأمژ۔ بہٕ اوٚسُس یہِ کتھ تیار ونہٕ نَس زِ رانی

واجنہِ۔ صرف اُس تہٕنٛز شٕکل لگ بھگ لداُخی یا چیٖنی کوربن ہش، مگر تمن منٛز
اُس اکھ کوٗر یُسنٛد ناو رانی اوس، یوٗسہٕ یمن سارِنٕے منٛز الگ شکلہِ اُس۔ یہِ
اُس اکثر مےٚ مُتلق کاٗنہہ کتھ ٹُلان تہٕ پتہٕ تتھ مذاق بناوان۔ دراصل اُس سو
سبٹھاہ خوش دِل۔ سو اُس اکثر اسان آسان، تہٕ باقین ہتۍ مذاق کَران
آسان۔ مےٚ آو تسُنٛد سُہ وہٕوہار بڈٕ پسنٛد۔

کیٛنٛہہ دوہ پتہٕ پرٛژُھ مےٚ رمیٖشس: ''رانی کمہِ قسمٕچ کوٗر چھےٚ۔''

تٔمۍ وٛون: ''سو چھےٚ اکھ دُکھی کوٗر تیٖمِس مول موج چھِنہٕ۔ گرس منٛز
چھےٚ ساٗرِوے کھوتہٕ بڈٕ۔ تٔمِس چھُ اکھ بوے یُس ڈاکٹری چھُ کَران تہٕ اکھ ببنہِ
یوٗسہِ ہُمہِ جماژ چھےٚ پران۔ تسنٛدِس ماٗلِس اوس اکھ خاب زِ سُہ بناوِ لڑکس اکھ
بوٚڈ ڈاکٹر، یُس تٔمۍ پننہِ زِندگی منٛز پوٗرٕ ہیوٗک نہٕ کٔرِتھ۔ تسنٛدِ مرنہٕ پتہٕ ہیٛژ رانی
ذِمہٕ واٗری ماٗلی سُنٛد خاب پوٗرٕ کرنٔس۔ بے۔اے، بی ایڈ کرنہٕ پتہٕ لٔج اُکس
سکوٗلس منٛز ماسٹرتہٕ آیہِ یور Third Language ہیٛچھنہٕ۔ سو چھےٚ پٔنُن خرچہٕ
کم کٔرِتھ پوٗنسہِ ٹوٗنک بچاوان تاکہِ پننِس ماٗلی سُنٛد خاب ہیکہِ پوٗرٕ کٔرِتھ۔''

یہٕ اوٗسُس اَنٛدری سوٗنچان ''ییٛژاہ دُکھی آسنہٕ باوجوٗد کاٗژاہ خوش دِل
چھےٚ تہٕ یہ کتھٕ کٔنی چھِ پٔنن بٔن مُشراوِتھ باقین اَسہٕ ناوان۔ اَکھ کوٗر اَستھ
کاٗژاہ ہِمتھ چھےٚ اُمس۔''

تمِہ اُس کاٗشر زبان ہیٛچھنہٕ خاطرٕ رٔٹمٕژ ییٛمہِ کٔنی مےٚ تسٕنٛز دِلچسپی
بڈے یہِ۔ ییٛلہِ تہٕ سو مےٚ سمکھان اُس، سو اُس کوٗشِش کَران میٛہ ہتۍ کاٗشر

کیاہ وۄنُے ژےٚ تمہِ فونس پیٹھ۔'' تٔمۍ وۄن ''میانہِ بہنہِ چھُ Brain tumer
یُس زَن أخری مرحلس مَنز چھُ۔ سو بچہِ نہٕ کینْہہ۔'' یہِ ونان ونان آیہِ سو پھٕر
لاینہٕ۔ مےٚ تُج سو تھوٚد تہٕ بیٚہناوِم کُرسی پیٹھ۔ أندٕ پکھٕی آیہِ واریاہ تہٕ پُرژھکھ
کتھاہ دلیل چھےٚ۔ رمیش آو دوران پاں گلاسہٕ ہتھ تہٕ تژ اوٗنس تژ لیش۔ تٔمۍ
کھوجہِ أچھ تہٕ وۄنُن شرما جیَس ''میٚون خاب موکلیوٚو''۔

ڈۄیمہِ دوہ گوٚنڈ تٔمۍ سامانہٕ تہٕ آیہِ میانِس کمرس مَنز روٗخصتھ ہیٚنہٕ۔ تٔمِس
کُن وُچھِتھ پیوٚ مےٚ تٔمۍ سُند بژٕنْھم بُتھ یاد، یُس زَن ہر وَقتہٕ أسان تہٕ گِندان
اوس تہٕ اَز اوس سُے بُتھ سخٕتھاہ پریشان تہٕ غمگین۔ تٔمۍ ہیوٚت مےٚ اِجازتھ تہٕ
دژایہِ نمبر۔ بہٕ تہٕ باقٕے ٹیچر دژایہِ گیٹس تام تس سٟتۍ۔ تٔمِس سٟتۍ اوس شرما جیَس
تہِ گژھُن۔ سو کھٔرٕ آٹوہَس تہٕ تژ اوٗن مےٚ کُن نظراہ یوٚتانٕی نظرِ ڈٔج۔ تسنز
أچھو کُنی اوس صاف نَنان تٔسُند جواب، مگر تسنزِ بو مجبوٗرِ بو اوس زَن تَس أسِس
قُلف دِتھ تھوٚمُت۔



(22/10/2005)

لوگ وُنن ''بہٕ چھس سٮ۪ٹھاہ مُشکل حالاتن سٟتۍ دُچار۔ مےٚ پیٚٹھ چھُ زٕ ذِمہٕ وٲری یہِ، یمہٕ مےٚ نکھہِ والنہِ چھےٚ۔ رات اوسُم بوے فونَس پیٹھ وَنان زِ میانہِ بیٚنہِ کوٚرُن کلس سٮ۪ٹھاہ دود تہٕ ڈاکٹرو چھُ وۄنمُت زِ اَمِس کرو توٚہۍ CT-Scan جلدٕے۔ یہِ خبر بوٗزتھے چھس بہٕ راتہٕ پیٹھٕ پریشان۔ بہٕ آسس راتۍ راتس بالکونی منٛز اَتھۍ فکرِ سٟتۍ۔''

مےٚ توٚگ نہٕ تس دِلاسہٕ دِیُن تہٕ نَہ ہیٚوکمَس پرٛژھتھ زِ تٔمۍ کیٛاہ سونٛچ مےٚ مُتلِق۔ مگر وۄنمَس ''ژٕ کیٛازِ چھکھ نہٕ گرٕ فون کرِتھ پتاہ کَران زِ تٔمِس کیٛاہ تکلیف چھُ تہٕ تسنٛز حالت کیٛاہ چھےٚ وونۍ۔ ہُلِکہِ زَن سو وُنۍ کیٚنہہ بِلکُل ٹھیٖکھ آسہِ۔ ژٕ کر گرٕ فون۔''

بہِ بوٗزِتھ وۄژھ سو تھوٚد تہٕ وۄنُن ''ژےٚ وۄنُتھ ٹھیٖکھ بہٕ کرٕ وُنۍ گرٕ فون۔'' یہِ وَنان وَنان دژایہِ سو مارکیٹ کُن۔ مےٚ چیٚیہِ چاے تہِ دژاس دفترٕکِس کمرس کُن۔ کاٲم کَران کَران اوسُس بہٕ اَتھۍ خیالس زِ خبر کیٛاہ آسہٕ بنیٚمُت خبر۔ چھُنا صلاح بہٕ گژھِ تٔمِس نِشہِ تہٕ پرٛژھس تٔمۍ سٕنٛز خبر۔ بہٕ دژاس کمرٕ منٛز نیٚبر تہٕ اورٕ وُچھِم رانی گیٹہٕ پیٹھٕ تیز تیز قدمو یِوان۔ ییٚلہِ سو مےٚ نزدیک واژ سو اَس لیٚدرے مٕژ، اَچھ ٹاری آسس برِتھ تہٕ اَس اوسُس ہوٚکھمُت۔ وُٹھن آسس تھتھراے تہٕ اڑکجہِ زبانۍ منٛز وۄنُن : ''خاب موکلیٚو، خاب موکلیٚو......''

مےٚ وۄنُس ''کُس خاب موکلیٚو، ژٕ ون گوڑٕ چانہِ بیٚنہِ کیٛاہ چھےٚ خبر؟

بہٕ دڑاس کولہٕ پٹھ بُتھ چھلنہِ تہٕ اورٕ وُچھُم بێنہِ تہٕ بوے سکوٗلہٕ پٹھ واپس یِوان۔

ماجہِ وۄنُکھ "توہیٖ کیٛازِ آیہٕ وٕ جلدٕے واپس؟"

"از ہے چھُ انت ناگِہ بسہِ منٛز بم پھوٗٹمُت تہٕ کیٛنٛہہ سوارٕ چھِہ مارٕ گمٕژ۔ سائنس ہیڈ ماسٹر سُند نێچو تہٕ چھُ اتھ منٛز اوسمُت تہٕ سُہ تہٕ گو مارٕ۔ اَوے گیہِ اَز سکوٗلہٕ جلدٕے چھُٹی۔ دَپان سُہ اوس پکو ہہنہٕ خاطرٕ بازر وۄتھمُت۔ ہیڈ ماسٹر گو توٗرۍ تمِس وُچھنہِ۔"

مےٚ پرٛ ژھ ماجہِ "ماجی مےٚ ون تےٚ یہِ بم کیٛتھ چھُ آسان تہٕ امہِ ستیٛ کیٛتھ کٔنٛژ چھِہ لوٗکھ مَران۔ یہِ چھا کانٛہہ نفر، کِنہٕ کانٛہہ وأناکھ جانور یُس یک وقت ییٚتۍ لوٗکھ مأرِتھ چھُ ہیکان۔"

"نا گوٚبرا یہِ نا چھُنہٕ کانٛہہ نفر یا جانور۔ یہِ چھُ موتُک اَکھ سامانہٕ یُس برٛونٛٹھ اَسہِ فوجی جنگس منٛز استعمال کَران بہٕ اَز چھِہ یِم کاک کران، یِتھ لوٗکن منٛز دٔہشت پھألہِہ۔ لُکھ چھِہ مجبوٗر تہٕ تَوے چھِہ یہِ وتراوان تہٕ مٔشراوان۔"

"یِم کیٛازِ چھِہ بے گوناہ لُکن ماران۔ اَمہِ ستیٛ کیٛاہ ییہِ یِمن فأیدہ۔" مےٚ پرٛژھمس۔

"یِم چھِہ لوٗکن ماران تاکہِ کانٛہہ تہِ گوٚژھہ نہٕ گرٕ نیبر نیرُن۔ سأرے گرِٛھن گرۍ مرٕنۍ تہِ یِمن گژھہِ نہٕ کانٛہہ تہِ وُچھُن۔ یِم چھِہ زیادٕ ترٕ اَنہِ گٹس منٛز کامہِ کران۔"

# حأدثہٕ

رأتی راتس نیندر نہٕ پیٚنہٕ سبہٕ اوٚسس بہٕ صُبحن ژیرتانٛ شوٚنگِتھ۔ میٲنۍ بیٚنہِ تہٕ بوے أسۍ سکوٗل گاٮ۪متۍ۔ موج أس چوکہٕ دمہٕ دارِ پیٹھ مےٚ آلو دِوان: ''ژےٚ چھےٚ نا سکوٗل گژھُن۔'' مےٚ وۄنُس اَڈ نِنٛدرِ مَنٛزٕ ے: ''از چھےٚ مےٚ چھُٹی۔''

''کِژھ چھُٹی چھےَ؟'' تٔمۍ وۄن۔

دۄیمہِ سوالہٕ ہیٚتۍ گوس بہٕ وارٕ ہُشار۔ أچھن مُرن مُرن دِوان وۄنمس: ''اَسہِ چھُ سکوٗلہٕ کہِ طرفہٕ میچ گِنٛدُن۔ اَمہِ باپتھ چھےٚ اَسہِ دون دوہَن پریکٹِس کرٕنۍ تہٕ دون دوہَن چھےٚ چھُٹی۔''

''اچھا وۄتھ اتھٕ بُتھ چھل تہٕ چاے چیٚ۔'' ماجہِ وۄن۔

''آ ۔ بہٕ چھُس اُٹھمہٕ جمأژ پران۔''

''اچھا پرٕتھ کیٛاہ بنٛکھ؟''

''بہٕ چھُس انسپکٹر بنُن یژھان۔''

تٔمۍ تُج چپاتھ تہٕ لٲیِن میےٚ۔ مےٚ گو دُگوش تہٕ آس پتھر لایِنہٕ۔

''دٔپھ بہٕ چھُس مُجاہِد بنُن یژھان۔'' تٔمۍ وۄن۔

''ژےٚ چھےٚ نا پتاہ اَسۍ تہِ چھِ انسپکٹرس برابر۔ اَکِس انسپکٹرس چھُنہٕ تختیار کانٛسہِ ہُنٛد گرِ راتھ کیُت اَژنس، مارٕنچ چھےٚ نہٕ کتھے۔ مگر اَسہِ چھےٚ نہٕ کانٛہہ پابندی۔ ووٚنۍ وَن ژٕ کیٛاہ چھُکھ بنُن یژھان؟''

''م ج اَ ہِ د۔''

''سیوٚد وَن؟''

''مُجاہِد۔''

''اچھا گژھ ماجہِ وَن جلدٕ ے کر، اَسہِ گژھِ پتہٕ ژیر۔''

مےٚ وۄن ماجہِ ''جلدٕ ے کر۔''

''ژےٚ چھےٚ بتھ ووزلیوٗمُت۔'' تمہِ وۄن۔

''کہیں ناے، آسہِ ووزلیوٗمُت۔ ژٕ کربتس جلدٕ ے۔'' مےٚ ووٚنس۔

تمہِ زَن اَسۍ خبر کتہِ کاڈکی بوچھِ ہٲتی۔ سوٗرے سٹیٖن تہٕ بتہٕ نیٚوکھ بون واٚلتھ۔ بتہٕ کھوان کھوان اَسۍ تمہِ ونان زِ ووٚنۍ چھِ وأرۍ یمن بٹن ہٹز۔ یِم چھِ مُخبری کران تہٕ یمن چھےٚ خبر ہیٚنۍ۔

''کیٛازِ......؟''

''کتھ تُلتھ مےٚ کلہٕ دود۔ گژھ چھل بُتھ تہٕ چےٚ چاے۔''

بہٕ آس بُتھ چھٲلِتھ تہٕ چیٚیم چاے۔ چاے چوان گیہٕ مےٚ رشیدنی کتھ کٔنن۔ سُہ ژاو اندر تہٕ مےٚ وونُس ''ژےٚ بوٗزتھا از چھُ ہیڈ ماسٹر سُنٛد نیچو بم پھٹنہٕ سٟتؠ مۆدمُت۔ میٛون بوے ببہٕ آیہٕ سکوٗلہٕ پیٹھٕ یہِ شیٛچھ ہتھ تہٕ سارٕے سکوٗلس گٔرکھ چھٹی۔''

''بوٗزم۔'' تمۍ ووٚن۔

''مگر ژٕ کیٛازِ چھُکھ پریشان ہیوٚ۔ خٲرٕ چھیا۔'' مےٚ پرُژھمس۔

''کیٛاہ ونےٚ راتی راتس چھِنہٕ ٲسی شوٗنگی متؠ۔'' تمۍ ووٚن۔

''کیٛازِ؟''

''اَسہِ ٲسی راتھ ڈُڈ پٔژھی آمتؠ۔''

''ڈُڈ پٔژھی۔ تِم کموٗ پٔژھی گیہٕ؟''

''یِمے ہاکاک، یِم زٕن راتس چھِ پھیران۔ رات شامس آیہٕ گرٕ تہٕ دوٚپکھ اَسہِ خٲطرٕ رٔنِو بتہٕ سٟین۔ سٟتھ نفر ٲسی۔ میٲنی مٲلی مور کوٗر تہٕ میٲنہِ ماجہِ کوٚر بتہٕ تیار۔ سٲرِی ہٕے وٕتس اوٗسُس بہٕ تِمن وُچھان زِ یِم کم نفر چھِ۔ أکۍ نفرن کوٚرنم آلو تہٕ پرٛژھنم ژےٚ کیٛاہ چھُے ناو؟''

''رشید'' مےٚ وونمس۔

''ژٕ چھُکھا پرٛان؟''

بہٕ پننہٕ ننن گُپَنن چھُس واتان تِتھے کُنِ واتہٕ ییمن تہٕ۔ میٲنی مالِکی کوٚر میانہِ مأجہِ تہٕ مےٚ آلو زِ ژٕپر گو۔ روخصت ہوان ہوان اَس رشیدنی مأج تہِ میٲنی مأج خوٚن ہاران تہِ اکھ اَکس بلایہِ لگان۔ ییمن کُن وُچھان ییلہِ مےٚ رشیدس نالہٕ موٚت کوٚر میٚیہ تہِ ووٚتھ اوٚش تہِ رشیدس تہٕ۔

أتھی منٛز ووٚن رشیدنی مالِکی زِ توٚہی بَری زبو نہٕ پرواے کانٛہہ أسی آسو منٛزٕ منٛزٕ جوٚم یِوان توٚہہِ خبر ہیٚنہٕ۔ ووٚنی گژھو ژٕپر تہِ کھٔسو گاڑِ۔

أتھی دوران آیہِ کیٚنٛہہ گامہٕ ہمسایہِ تہِ گرو منٛزٕ نیرتھ تہٕ ہیوٚتکھ اوٚش ترٛاوُن۔ ییم سأرے أسی مألِس ماجہِ نالہٕ مُتی تہِ میٹھی گران گران وَدان۔ مگر بہٕ اوُسس پننہٕ نِس گرس کُن وُچھان پتہٕ پیٹھ بزانٛدس تام تہٕ بزانٛدٕ پیٹھٕ پتٕس تام تہٕ سونچان زِ سأنٛس واپس یِنس تانی آسیا یہِ مکانہٕ أتھی آیس منٛز کھڑا۔

ووٚنی آسہٕ رأژ ہنٛز 12 بجے بجٕ تہِ أسی کھٔتی ٹرکہٕ۔ میٲنی مأج، بوے تہِ بیٚنہِ کھٔتی بڑوٚنٛہہ کنہٕ، بہٕ تہٕ میوٚن مول کھٔتی پتہٕ کنہِ تہٕ پیٹھی سامانس پیٹھ۔ گاڑی دژایہِ جوٚم کُن تہٕ بہٕ اوُسس أڈی لُکھ وَدان تہٕ أڈی لُکھ اَسان وُچھان۔ میٚیہ توٚر نہٕ یہِ فِکری زِ أڈی کیازِ أسی اَسان۔ مگر پننہٕ نِس مألِس کُن ییلہِ وُچھُم سُہ اوس أکس شُری ہنٛدی پأٹھی ودان۔ جوٚم وأتِتھ روٗدی أسی واریاہَن وأنٛگ گرَن منٛز تہٕ تِم شےٚ رٔتھ بنے یہِ ووٚنی 20 ؤری ییم نہٕ ختم ہنٛگ ناوٕ ے چھِ ہوان۔

(16/12/2005) ☆☆☆

''بہٕ اوٗسس پہنٛز سارِینے کتھ چوکس مَنٛز بوزان۔ توٗے چھُسے ونان توٗہؠ مہٕ روزِو وونؠ یتیٚتہٕ۔ توٗہؠ نیرو جٔلدی، تہٕ ییٚلہِ حالات ٹھیکھ گژھن، ییٚو واپس پنُن گرٕ۔ مگر از نیرو توٗہؠ یتیٚتہٕ۔''

مےٚ وٗن ماجہِ زِ رشیٖد کیاہ اوس ونان۔ تٔمۍ ترٛووو اُسن تہٕ وونُن ''توٗہؠ ما چھِوٕ پاگل گٔمتۍ۔ کیاہ أسۍ ترٛاوِو پننِ جدی وراثت یتیٚتۍ تہٕ گژھو جٔلدی روزنہٕ۔ أسۍ چھِ پننِس گرس منٛز۔ نہٕ چھِ کانٛسہِ ہُند کھوان، نہٕ چھُ کانٛسہِ ستۍ لین دین۔''

شامس بأگی ییٚلہِ رشیٖدُن موٚل سوٚن گرٕ آو تہٕ وٗنُن میأنس مألس زِ یتھِ کٔنۍ چھےٚ ڈٕلیل...... تٔمۍ تہٕ کٔر اَسہِ گزٲرِش زِ توٗہؠ کٔرو تیأری تہٕ گژھو تانؠ جٔلدی کُن زُوٗ بچاونہٕ۔ ییٚتیٚک مہٕ بُروِ کیٚنٛہہ پرواے، بہٕ سنٛبھالہِ سورُے پانٕے۔ بس کیٚنژوٗ رٕتھوٗ پتہٕ ییٚلہِ حالات ٹھیک گژھن، وارٕ کارٕ ییٚہِ توٗ پننِ گرن واپس......

صُبحن گو میٚون موٚل شہر ٹرٛکہِ انہٕ۔ ٹرٛک وأژ شامن نَو بجے سأنس آنٛگنس منٛز۔ اَسہِ وٗوٹ جَل جَل کیٚنٛہہ ضروٗری سامانہٕ تہٕ لوٗدٕ ٹرٛکہِ۔ گٲبہٕ أسۍ وُنہِ گانس منٛز۔ وونٛدٕ اوس نہٕ یِوان تِم تٔتۍ ترٛاوِنس۔ بہرحال اَسہِ وٗن رشیٖدنِس مألس زِ یم گٲبہٕ رٔچھۍ زیوٗکھ۔ گاسہٕ چھو کُچھِ پٹھ، گاسہٕ أسۍ زیوٗکھ یِڈ بٔرتھ کھیاوان، یُتھ نہٕ یمن موسوٗس گژھِ أسۍ لگی بیٚین اتھن منٛز۔ مأج گٲیہ گاوٕ پھشا وَشا دِنہِ۔ تمہِ کوٗر گاسہٕ کھون بنٛد تہٕ لٕس کُن روٗز مُدٕے گنٛڈِتھ۔ زَن أسس وَنان أسۍ کس ترٛأوِو۔

بہرحال رشیٖدنہِ ماجہِ دِتُس تسلا دوٚپنس ژٕ مہٕ بَرٕ کیٚنٛہہ پرواے، یتھِ کٔنۍ

یٖمہٕ گرِ نِشہٕ، تہٕ أمی ہیٚز کتھ یتھ گرس منٛز کرِنی چھےٚ ووٚنی اَپ شگون ہِش۔ سُہ اِنسان ییٚمی اَتھ گرس بناوُنس منٛز پٔنُن پان گولمُت چھُ آسان، تٔمی ہےٚ چھِ ڈٲہہِ دوہی پَتہٕ مُشراوِتھ ژھٔنان۔ میٲنہٕ بھگوانہٕ یہٕ اِنسان کوسہٕ ذات چھُ تھٔن ژےٚ بنوومُت۔

شیٖلا : ووٚنی کر ژھوپہٕ تہٕ چٔے چاے۔ ژٕیر گٔژھی۔ تم آسن یارِ بل وٲتی مٕتی۔ 8 ہے بجے ہٕژ چھےٚ۔

رمیش : یٖلہٕ ژٕ چاے اَنکھ تیٚلی چَما کِنہٕ نہٕ۔ ووتھ اَن۔

شیٖلایہٕ أنی چاے تہٕ رمیش اوس اخبار وَرق پھِران۔ ہتی پیٚیس مورِدَن ہِندِس ورقس پیٹھ نظر تہٕ سوچُن زِ کٲتیاہ لُوکھ چھِ دوہَے مران۔ اَما بھگوانس کیاہ فٲیدِ چھُ یِم اِنسان بناوِتھ چھُکھ جَلدِ ے واپس نِوان۔ اگر ییٚژ جلدِ ے چھس آسان تیٚلہٕ کیازِ چھُکھ اِنسان زٕنم دِوان۔ تیٚلہٕ اوٚسُس رُت تم پانہٕسے نِش تھٲوِنی۔ تم تہٕ موکلہن یِنہٕ گژھنہٕ کِہ عذابہٕ نِشہٕ۔ نَہ آسہٕ ہے ماتم دأری، نہٕ آسہٕ ہَے رِشتہٕ دارَن ماتمس پیٹھ سمکھُن پیوان۔ یوٚت تم ماتم کم فیشن زیادٕ ہاونہٕ چھِ گژھان، یا باقین ہنٛز برخلافی یا سیاست دَگنہٕ چھِ یِوان۔ یہٕ ماتم دأری یا دوکھ کمہٕ باپتھ؟ اگر بھگوان چھُ اَسہٕ ییتھ دُنیاہَس منٛز سوزان تیٚلہٕ چھُ یہٕ أمی ہے حق اَسہٕ یٖمہٕ دُنیاہ منٛز واپس نِنگ سُہ تہٕ یٖمہٕ وِزِ خوش کربس......

شیٖلا : چاے ہَسا گیی ٹھنڈٕ۔ ژٕ کمن غوطن گوکھ۔ چٔے چاے جَلد، بہٕ کرَے

# ڈۂہم دوہ

صُبحن وُۂتھِتھ ییٚلہِ رمیش اَتھِ بُتھ چھٲلِتھ گرٕ ژاو تمۍ وٚون خاندارِنہِ :

''اَز ما چھُ شیام لالس ڈۂہم دوہ؟''

شیلا : آہَن سأ۔ اَز ہےٚ چھُس ڈۂہم دوہ۔

رمیش : وُچھان وُچھان گۍیس ڈٕہ دوہ گُذریمِتس۔ پگاہ گوس کٲہم دوہ تہٕ پتہٕ بٲہم دوہ۔ تمہٕ پتہٕ لگن سأری پننہٕ نِس کارٕ بارس تہٕ أمِس شام لالس کُس گرِ یاد۔ بہٕ چھُس مَنٛزٕ سوٗنچان زِ اکھ بٲژ ییٚلہِ گرٕ مَنٛزٕ نیران چھُ باقۍ بٲژ کتھٕ گٔژ چھِ أمِس جلدٕے مُشرأوِتھ ہیکان۔ یہِ کُس دَستوٗر چھُ زِ ڈٕہ پنداہ دوہ ماتم دأری گرِتھ چھِ أسی سمجان زِ یہِ اِنسان موکلیوٗو

اوسُکھ مَس کوسُمت تہٕ پیٚنڈٕ دان تہِ اوسُکھ کۆرمُت۔ ووٚنۍ آسۍ لۆکھ دوٚن لأنَن مَنٛز پأنَہٕ وأنۍ بُتھ کٔرِتھ کھڑا۔ سُہ تہٕ گو جَل جَل أکِس لأنہِ مَنٛز کلہٕ بوٚن کٔرِتھ کھڑا تہٕ شام لالُن لڑکہٕ اوس نمسکار کٔرِتھ اَکِہ طرفہٕ پیٹھٕ بیٚیِس طرفس کُن یِوان تہٕ أکِس کنہِ لتھ دِتھ دژایہِ پتہٕ سأری گرٕ کُن۔ زَن آسۍ سأری أتھۍ کنہِ کُن مُدَے گٔنڈِتھ یوسہٕ شام لالنۍ لڑکن لتھ دِتھ دوٗر ژھنٛز۔ تٔمۍ ہوو شام لالِنس لٔڑکس بُتھ تہٕ زاہتری لٔڑکس تہِ، تہٕ پۆت کھوری دژاو واپس گرٕ۔ وتہِ اوس سوٗنچان زِ دراصل چھُ ژٕہم دوہ شاید مَرَن وأنِس موردس یہِ ہاوُنہٕ خأطرٕ ہاوُنہٕ یِوان زِ اگر ژٕے رِتۍ کرٕم چھِتھ کٔرۍمتۍ تیٚلہِ چھِ ژٕے سأری لۆکھ لأنہِ مَنٛز بیٚہان، یاد کران، نَتہٕ چھِ تِم زبردستی لأنہِ مَنٛز بِہتھ تتھ وقتس اِنتظار کران یێلہِ تتھ کنہِ لتھ یِیہِ دِنہٕ تہٕ تِم نیرن پنہٕ نٔنہِ پنہٕ نٔنہِ کامہِ۔



(5/10/2006)

یَمن پلَون پرٛس تیٖتس کالس۔

رمیش : گَمی خاطرٕ کرٛکھ پرٛس۔ میٖےٚ راتھٕے چھِ یَم پلَو لاٚگ‌ٕمتۍ۔ یَمن کیٛاہ سَنا گو۔ یَم ہےٚ چھِ صاف شفاف وُنہِ۔

شیٖلا : نسأنہٕ یَم چلن نہٕ۔ یَم چھِ مالہِ۔ تتہِ آسَن واریاہ لۆکھ تہٕ تۆ پتہٕ آسہِ تتہِ زامتری لڑکہٕ تہِ یا سُشماےٚ ہٕندی واٚرِوٕ تہِ ما آسَن۔ آخر مام ہےٚ چھُ زامتری لڑکس گُزریوٚمُت۔

رمیش : اچھا کر ووٚنۍ جلدی پرٛس تہٕ بہٕ نیٖرٕ۔

پلَو لاٚگِتھ ییٖلہِ رمیش یارٕ بَلس نِشہٕ ووت تتہِ وُچھُن زَن تہٕ مالہٕ لۆگمُت۔ الہِ پلہٕ آسہٕ ہَن لۆکس زٕ ہتھ جماہ ٕمتۍ، تِکیٛازِ اتہِ اوس ژون موردن دٕہم دوہ ہاونہٕ یِوان۔ تس آو نہٕ سمجھے تَس کس جماٚژ نِشہِ اَس حاضِری دِنۍ۔ لُکن ہٕندٕ بُتھن کُن وُچھِتھ چھُ کوٗشِش گران زِ کانٛہہ ما آسہٕ سُہ نفر یَس سُہ زانہِ۔ مگر اَتہِ گوس نہٕ کانٛہہ نفر نظرِ۔ ساٚری اَسی کتھَن ٕستی آوٕری۔ کیٛنٛہہ اَسی گرِچ خبر اتر پرٛژھان تہٕ کیٛنٛہہ سیاست مُکاوان تہٕ کیٛنٛہہ کرِکٹ میچس پٮ۪ٹھ تبصرٕ گَران۔ اتہِ اوس سارِنٕے قمیض پیٚنٹ لاٚگِتھ۔ کُرتس کُن اوس نہٕ کانٛہہ وُچھان۔

موخصر ہمتھ کرِتھ پرٛژھتھٕ اَکس نفرس زِ کیٛاہ مہارا ییٚتِھن چھا کانٛسہِ شام لالُن دٕہم دوہہ ہاونہٕ یِوان؟ تمۍ دوٚپ تَم اَسی آمتۍ مگر جاے نہٕ میلنہٕ سببہٕ گیہِ تَم دوٚیمس یارٕ بلس یُس زَن اتہِ پیٹھٕ لگ بگ اوڈٕ کِلو میٖٹر دوٗر اوس۔

رمیشن ہیوٚت کمر کٔسِتھ پکُن تہٕ کیٛنٛہہ کالی ووت تتھ یارٕ بلس پیٹھ۔ لڑکس

پانژھ ہَتھ زیادٕ خرٕچ۔ تمی دیُت ہَنا سوٗنچ زِ سوٗرے اُس دوہَس میٚے ستی ستی اتھ مَنز کانٛہہ شکھ چھُنہٕ، مگر سوٗرے پوٗنسہٕ اوس مےٚ اتھِ سو کتھِ کُنی کرِ ہے خرٕچ مےٚ ورأے۔

شام سوٗندرن لوگ سوٗرے سامانہٕ پزاٹُن تہٕ الگ الگ کرُن تہٕ اَمہِ مَنزٕ تہِ سپُدس نہٕ کیٛنٛہہ حاصِل۔ مگر اَمہِ ٹھَس رایہِ ستی گیہِ اکی ہٕنز آشیٚنی رانی ہُشیار۔ تمی وٚون تَس اُچھ وَڈِ تھٕ "ہَے بوزن چھِوا، شاید چھُ کُس تام متیوٗمُت سامانس۔" اُمی سُند یہِ وُنُن شام سوٗندر ژاو جلدٕ ے بِسترس مَنز تہٕ وٚونٛنَس:
"کانٛہہ چھُنہٕ، یہٕ اوسُس تزلیش چھوان۔"

"کیٛاہ دلیل مےٚ چھُ باسان توٚہہِ چھےٚ نہٕ نٔنٛدرے یِوان۔ ٹھیکے چھِوا؟"

"اِش ٹھیک چھُس۔ ژٕ کر آرام۔"

تمہِ ہیوٚت وُرُن ہیور پھِن تہٕ شوٗنٛج بیٚیہٕ۔

شام سوٗندرس اوس پانژن ہتَن روٗپیٚن ہُنٛد سخ پھیٛٹان۔ صاف اوس نٔنان زِ تمہ اُسی کتہِ تام پےٚ متی۔ یِی سوٗنچان سوٗنچان پیٚیس نٔنٛدر تہٕ صُبحن روٗد ژیرِ تام شوٗنٛگِتھ۔ رانی وٚونُس "وتھِو، دوہ آو دُپہر۔ ساری دزایہِ پننہِ پننہِ کامہِ تہٕ توٚہۍ چھِو وُنہِ تہِ شوٗنٛگتھے۔"

اَخر وٚوتھ سُہ نٔنٛدرِ تہٕ اتھِ بُتھ چھلِتھ چیٚین چایہِ کپ جوراہ۔ مگر اَنٛدری اوسُس سخ غم یمن پانژن ہتَن ہُنٛد مگر یہِ غم کتھِ باوِ ہے آشنہٕ۔ سو

# گوناہ

راتُگ پہر اوس۔ شام سوٗندر اوس وُنہِ تہِ کیٛاہتام لیکھان تہٕ اُمی ہنٛز آشیٛنی اُس بڑٕ مزس منٛز شوٗنگِتھ۔ دراصل اُسی سو دوٚہَس سَخ تھٕکمٕژ بازرس پھیری پھیری تِلکیٛازِ تسنٛزِ خاہشہِ مُطاَبِق سامانہٕ میلُن اوس مُشکِل، لِہاذا اُس سو ساَری ہے بازرس سام ہوٚان۔ شام سوٗندر اوس دَراصل دُہُک حِساب ووٚنی جوڑان تہٕ تَس اوس پانٛژن ہتن ہُند پھیرٕ پیوان، تِمو پانٛژو ہتو کُر تسنٛز ننٛدٕر حرام۔ ماشٹر چھُنا روٗدمُت، اَوے گژھِہَس نہٕ اَکس روپیہِ تہِ ہیرٕ پھیرٕ گژھُن۔ سُہ اوس ووٚنی ژٕہتھ دِوان زِ میٹاڈوٗر کرایہِ پیٛٹھ گرٕ واپس ینہٕ وِزِ سبزی انِنس تام کوٗتاہ خرچہِ گو۔ تِمی آسہِ ہے لگ بگ ہَتہِ لٹہٕ یہِ حِساب لیٛوکھمُت۔ مگر یہِ فرق اُسس بار بار یِوان۔ منٛز اوٗسُس خیال یِوان زِ اندارنہِ ما گری

پھیرِ یِوان۔ مےٚ جوٗڑ واریاہہِ لٹہِ حِساب مگر یہِ فرق دزٕلیہِ نہٕ۔ مےٚ باسیوٚ شاید
ما چھِہ تَم راۤوی متیٚ۔ توٚے اوٗسس ژھاڈٕنڈ دِنہٕ گوٚمُت۔ اُتھی منٛز آو سکوٗٹر تہٕ
دِتُن دکہٕ تہٕ بہٕ آس چھاونہٕ۔''

''ہے پانٛژن ہتَن پیٚیہِ ساۤ لانتھ۔ ژٕ ے اوسے ناپٕٹُن زُو بکار۔ وارٕ ے
روزو ٹِتھی ہوی پانٛژھ ہتھ کماو وخبر کاۤتیاہ۔ مےٚ تہٕ دوٚپ نٕنٛدرٕ نہٕ پِنٛگ وَجہہ کیٛاہ
اوس تہٕ پریشان کیٛاز اوسُکھ۔ میٚےٚ پرٛژھ زِہے گوڑٕ بہٕ ونہٕ ہاے زِ تَم اُسی مےٚ
چانہِ بٹوٗ منٛزٕ بڑونٛہہ کڈیٚ متیٚ۔ مےٚ دوٚپ ژٕ ےٚ چھےٚ پگاہ وہرِوود تہٕ چانہِ خاطرٕ
اَنہِ بہٕ تحفہٕ۔ مگر مےٚ کتہِ اُس پتاہ زِ ژوٗرٕ گرٕ بہٕ تہٕ سزا میلی ژٕ ے۔ مےٚ دِزِ مآفی
زِ میانہِ وَجہہ ستی سپُد یہِ سوٗرے کینٛہہ۔''

شام سونٛدرن دوٚپنس ''نامے یہِ ہے چھِ آسن بلاے تقدیرس لیکھتھ۔
یہِ چھُنہٕ کاٗنٛسہِ خطا۔''

یِم اُسی ووٚنی اکھ اُکس نالہٕ متہٕ رٕڈٕتھے دِلاسہٕ دِوان تہٕ کیٛاہتام
وَنان......



(12/5/2007)

گرٛھِ ہَس توٗرٕ اگادِ۔

تٔمۍ کوٚر فاصِلہٕ زِ سُہ گرٛھِ دوبارٕ تٔمن وتن نظر دِنہِ تہٕ اگر آسن حلالکۍ تہٕ تیٚلہِ یِن واپس۔ سُہ ووٚتھ تھوٚد پلو لاگنہِ تہٕ ووٚنُن رانی ''مےٚ پیٚیہِ دفتر تام گرٛھُن کُس تام کاغذ چھُم اَنُن۔'' یہِ بہانہِ بنٲوِتھ دڑاو تہٕ ووت بازرس مَنٛز تہٕ لوٗگُن اورٕ یورٕ وُچھُن، باورٕ سُنٛدی پٲٹھۍ۔ اَمۍ ژوٚٹ لگ بگ ترٛےٚ ژور کِلو میٹر سفر۔ أنٛدری اوس سوٗنٛچان اَخرس کھوٚتُس یَتھ دُکانس تہٕ پتہٕ دڑاس یِپٲری۔ یِہ سوٗنٛچان سوٗنٛچان روٗد نہٕ تَس کُنہِ چیٖزُک پَے۔ اورٕ آو اَکھ سکوٗٹر وول تیز تہِ آو چھاونہٕ شامہٕ سوٚنٛدرس ہیٚتۍ۔ سُہ آو ہور چھاونہٕ۔ اَتہِ سمےٚ یہِ نفر واریاہ تہٕ شام سوٗنٛدر لوٚدُک آٹوہَس تہٕ واتہٕ نووُک ہسپتال۔ ہوش یِنہٕ پتہٕ ووٚن تٔمۍ پننہٕ گرٛیُک فون نمبر تہٕ آیس آشنٛی تہِ اوٗری۔

ییٚلہِ رانی وُچھ سُہ بٔڈِس پٔٹھ کلَس بنٛڈیجہِ گٔرِتھ تمہِ ہرٛش کرٛکہٕ دِنہِ:

''ہے یہِ کوٗسہٕ سأ ترٛٹھ ژھٔنٛزتھم، ہَے بھگوانہٕ یہِ کیٛاہ کوٚرُتھ..........''

شام سوٗنٛدرَن ووٚنُس: ''کیٛنٛہہ نَاے چھُ پرواے بہٕ ہےٚ چھُس ٹھیکھ۔ ژٕ مےٚ لاگ وبلاپھ گرٛزی۔'' اَمۍ سُنٛد یہِ وُنُن زِ رانی ووٚنُس: ''ژٕ وَن ژیےٚ دوٚپُتھ بہٕ گرٛھِ دفتر تام تہٕ ژٕ کتہِ ووٚتُک یور۔ ژٕ کیٛازِ نہٕ پوٚز وَنان؟ کیٛاہ دلیل چھےٚ؟ ژٕ اوسُکھ رٲتی راتس تہٕ ہُشیار رےٚ تہٕ صُبحن تہٕ اوسُکھ غم گیٖن۔ ژےٚ چھےٚ میٖونے مرُن، وَن کیٛاہ دلیل چھےٚ؟''

''ہے کیٛاہ وَنے راتھ یُس سامانہٕ اوٚن تتھ ہے چھُ پاٹھرٕن ۂتن ہُنٛد

فِلمہٕ ہُنٛد شاٹ ییٚتھ منٛز نچُو چھُ مأرلس فارنہِ پٮ۪ٹھہٕ فون گران تہٕ ونان زِ ییٚہ
دژاس جہازس منٛز گرِ واپس تہٕ پگاہ صُبحن واتہٕ گرِ۔ مگر جہازس منٛز کھسنہٕ پتہٕ آو
جہازٕ اغوا کرنہٕ تہٕ جہازٕ واتہٕ نووُکھ بیٚیس مُلکس۔ سبٹھاہ افراتفری مچے یہٕ تہٕ ییٚہ
وُچھتھ گو سؤمناتھ تہِ سبٹھاہ پریشان۔ أچھ تہٕ کن تھٲوِن دونوے ٹی وی ییٚس
کُن۔ زَن تہٕ تسُنٛد نچُو اوس أتھی جہازس منٛز۔

أخر کرٲ اغوا کارَو سرکارس ڈِمانڈ زِ سون نفر تراوِیُن یلہٕ یُس اکھ بوٚڈ
بارٕ مُجرم اوس تہٕ ییٚمی زَن الہِ پلہٕ ہتھ نفرٕ مورمُت اوس۔ سرکار اَس ہَنا ٹال مٹول
کَران تہٕ سؤمناتھس ژٕج یکدم کڑکھ نیرتھ: ”ہتو تراوِیُون نفر یلہٕ۔ اَمہِ باپتھ
کیٚاہ ییٚم نفر مارناوِیوٚ کھا توہی۔ سُہ ہا ییٚہِ بییہٕ رٹنہٕ مگر ییٚم نفر مارنہٕ ین تم ین نہٕ
دُبارٕ واپس۔ ہے بھگوانہٕ رٔحم کر! ییٚم منِسٹر چھا اِنسان۔ ییٚمن چھُنہٕ یہِ احساس
زِ ییٚہنٛدِ بن گرِکمن کیٚاہ آسہِ گُدران ییٚلہِ تم وُچھان آسن تِہنٛدی نفر موتہٕ کِس
أسس منٛز۔ ہے بھگوانہٕ رٔحم کر!“

سؤمناتھ اوس یُوت اتھ فِلمہِ سنیٚومُت زِ تٔمِس باسیوٚ تسُنٛد نچُو چھُ أتھی
جہازس منٛز۔ تٔمی ہنٛدِس بُتھِس ڈوٚل رنگ تہٕ سُہ اوس صرِف یِی وَنان ”ہے
بھگوانہٕ رٔحم کر!“

شاماجی ییٚلہِ بوٗز تٔمِس ژٕج کڑکھ نیرتھ ”ہاے کوسہٕ ترٛٹھ پیٚے ییٚم۔
ییٚمِس کیٚاہ دلیل گیہٕ۔“ سو گیہِ دوران دوران چوکہٕ منٛز پان کِلاسہٕ اَنہٕ باپتھ۔
سؤمناتھ چووُن تریشہِ گِلاسہٕ۔ سُہ زَن اوس لٔگتھ گومُت۔ شامایہٕ ہُنٛد شور

# ہَے بھگوانہٕ رٕحم کر!

''اَز رأتی راتس آیہِ نہٕ مےٚ نٔنٛدرٕ کیٛنٛہہ۔ خبر کیاہ ڈلیِل گیہِ۔''

سۄمناتھ اوس شاما جی وَنان۔

شامایہِ وۄنُس ''توٚہۍ چھِوٚنا دوٚہس تہِ نٔنٛدرِ گنٹا کران، اِ موکھٕ آسہِ وٕ نہٕ نٔنٛدر آمٕژ۔ اَچھا وۄتھ ووٚنۍ تہٕ کر شرٛانا وانا، اَز ہَے صاحب جیَس چھُ یُن۔ توٚہہِ چھُنا یاد؟ راتھ ہےَ فون کوٚرنوٚ زِ پگاہ ڈٔہہِ بجہِ واتہِ ائرپورٹس پیٹھ۔''

''یادچھُم۔ یہٕ کہِ دژاس۔''

سۄمناتھ آو شرٛان کٔرِتھ تہٕ شاما جی ژٲیہِ چۄکس منٛز ژوٚٹ بناونہِ۔ تیٚتِس کالس تژ وو سۄمناتھن جیَن ٹی وی تہٕ لاٚجِن چلہِ پھِرنہِ۔ پتہٕ وُچھن اکہِ

# ژٔر

دارِ نِش بیڈس پیٹھ بِہتھ اوسُس بہٕ مکھن لال پنڈتا سنٛز افسانہٕ سوٚمبرن ''قرنہٕ پھیُر'' پٔرنس ستی سخ مَس۔ کمہِ تام ٹگ ٹگ آوازِ ستی ہیوٚتُن میٚون دیٚان کہاَنی نِشہِ ڈُلن۔ یہِ آوازِ آیہِ نہٕ میٚہ پَسند تہٕ کِتاب ترٛاوِتھ تھٔوِتھ لوٚگُم اوٚرِ یور وُچھن زِ یہِ آواز کتہِ پیٹھٕ چھِ یِوان۔ دارِ کنِہ نیٚبرٕ نظر ترٛاوِتھ وُچھ مےٚ اکھ ژٔر دارِ ہٕنٛدِس آنہٕ ٹُھکس دِگہِ دِوان۔ میٚہ کوٚرُس یکدم ''ہِش ہِش''۔ مےٚ دوٚپ شیشہِ پھُٹہِ تہٕ ہٹہٕ ہٹہٕ گرِٛژھ ہتَس روپیس نوقصان۔ میٲنٛزِ آواز بوٗزِتھ ژٔج ژٔر تہٕ میٚہ تُج بیٚیہِ کِتاب تہٕ لٲجِم برٛوٗنٛہہ کُن پرٛنٛزِ۔

دوٚیمہِ دوہ صُبحن آسہٕ ہَن ڈٔہ بجے ہِشہِ۔ بہٕ اوسُس کیٚاہتام لیکھان زِ

بۄزِتھ آو حبسن مَنٛز۔ شامایہِ وۄنِنس ''کیٛاہ دلیٖل ژٕ کیٛازِ اوسکھ کرٛکہٕ دِوان؟''

''کٔنھی ناے۔ بہٕ اوٗسس یَتھ فِلمہِ سنیوٗمُت تہٕ مےٚ باسے یہِ یہِ حقیقتھ۔'' تمیٚ وۄنُس۔

شاماجی وۄژھ تھوٚد تہٕ کوٚرُن ٹی۔وی بنٛد۔ دوٚپنَس ''بلاے آیہِ یِمن فِلمن۔ توہہِ کأژِ لٹہِ وۄن مےٚ بھجن کیٖرتن واجنہِ چینلہِ اُسۍ تو وُچھان، مگر یۄتاہ وأنسہِ ہتھ تہِ چھے نہٕ ژےٚ یِمن فِلمن ہُنٛد شوٗق ہمان۔ اصلی چھے یِمےٚ فِلمہٕ غلط کار ہیچھ ناوان۔ ہاے بھگوانہٕ رٔحم کر!

سومناتھن وۄنُس ''پزٕر چھُ امہِ فِلمہِ کوٚر مےٚ یۄتاہ اَثر مےٚ ژجہِ کرٛکہٕ نیرِتھ۔ بیٚیس کیٛاہ کرِ۔ اصلی گژھن نہٕ یِمہٕ وُچھنہٕ۔''

سوٗمناتھن چیٚیہِ چاے تہٕ دژٕو ائرپورٹس کُن صاحب جی انہٕ باپتھ۔



(22/4/2007)

ہُنٛد اِنتظار کران زِ کر ییہِ تہٕ مےٚ بوزناوِ سُے ''ٹک ٹک'' آواز۔ گُر کھنڈ گیہِ تہٕ یہِ ژٕر آیہِ تیزی سان تہٕ ہہٕژن اَتھ اَنہٕ پٕٹس دِگہِ دِنہِ۔ کیٚژو دِگو ستۍ گیہِ اَنہٕ پٕٹس رُم تہٕ آو پھُٹِتھ۔ یہِ دوریوٚس نیٚبرِ تہٕ وُچھُم زِ اَتھ اَنہٕ پٕٹس آسہٕ کھنٛجہٕ گمٕژ تہٕ ژٕر اَس رتہٕ دأوی گرٕہِتھ پتھٕر پتھ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹ کران۔ اٚمِس اوس اَکھ شیشہِ ٹُکرِ کلس ژامُت، ییٚمہِ ستۍ سو سخ زخمی اَس گٕمٕژ تہٕ اَمہِ زخمہٕ ستۍ دژ ایہِ نہِ تَس ژور مِنٹ تہِ۔ اَمی سُنٛد یہِ مرُن وُچھنہٕ ستۍ گو میٚہ سخ افسوٗس تہٕ سوچُم زِ ژورن دوہَن ہُنٛد اَمی سُنٛد مقصد گو اَمی ہِنٛدِ مرنہٕ ستۍ مُکمل۔ ووٚنی اوس نہٕ میٚہ تیٚوٗتاہ نوقصانُک افسوٗس ئلِکہِ اوس میٚہ اٚمِس ژٕرِ ہُنٛد سخ پھیران۔

☆☆☆

(24/7/2009)

میٚہ گیہِ سوے آواز بیٚیہِ کنَن "ٹک ٹک"۔ یہِ آواز آیہِ نہٕ میاٚنین کنَن بیٚیہِ پَسند تہٕ میٚہ لوگ ہش ہش کرُن۔ اَفسوس یہِ ژٕر چھِ یژھان نوقصان کرُن۔ مے سونٛچ خبر اتھ کُن کیاژِ ہوٚنس۔ اَمہِ آوازِ ستیٚ ژٕج ژٕر بیٚیہِ تہٕ بہٕ گوس لیکھنس ستیٚ آوٚر۔

تژییمہِ دوہ صُبحن اَمی وقتہٕ آیہِ یہِ ژٕر تہٕ لاَجن بیٚیہِ اَتھ اَنہٕ پھٹس دِگہٕ دِنہٕ۔ میٚہ کھوٚت ووٚنی سخ شرارتھ تہٕ ہش ہش گران وژاس نیٚبر ژٕرِ ژٕلراونہٕ موکھہِ۔ میٚہ سونٛچ زِ اَسٕند عادتھ مُشراونہٕ باپتھ پیٚیہِ میٚہ کیٚنٛہہ کرُن۔ میٚہ اوٚن بیڈشیٹ تہٕ تژووُم اَنہٕ پھٹس پیٹھہِ الونٛد۔ اَندر رکمرس منٛز اَژِتھ باسیوٚم اَنہٕ گوٚٹ تہٕ زاَجم بجلی۔ مگر میٚہ ژُرک خیال تہٕ تھے وژاس نیٚبرَ تہٕ تلم دارِ ہُنٛد پرٕدٕ تھوٚد۔

ژوٚرِمہِ دوہہ اَمی وَقتہٕ اوٚسُس کوستام کِتاب پران تہٕ کل اَسم ووٚنی اَمی یہے ژٕرِ کُن۔ کیاہ سَنا تژ بن دوہَن "ہش ہش" کرنہٕ ستیٚ آسیا اَمِس ژٕرِ ہاَبتھ روٗدمُت اَتھ دارِ پھٹس دِگہِ دِنہٕ نِشہِ رُکنہٕ نہٕ۔ کیٚنٛہہ وقت گوٚ مگر ژٕر آیہِ نہٕ کیٚنٛہہ۔ میٚہ زَن ژاییہِ فِکر اَز کیاہ سَنا گوس۔ دوہے ہَے پیٚتھی وقس اَس یِوان مگر اَز کیاژِ گوس ژیر۔ وٚنیٚکتام ہَے آہو اَس آسان۔ بہٕ وژاس نیٚبر اَمِس وُچھنہٕ باپتھ مگر یہِ گییم نہٕ کُنہٕ نظرِ۔ اَندر اَژِتھ اوٚسُم گرِ گرِ تسُنٛد خیال یِوان۔ تمی ستیٚ دِگہِ دِنٛچ سو آواز "ٹک ٹک" اَسہم یاد پیوان۔ بہٕ اوٚسُس بیٚیہِ سو آواز یوسہٕ مے اوٚتانی کھران اَس، بوٗزُن یژھان۔

بیٚیہِ دوہ صُبحن ڈٕہ بجے اوٚسُس بہٕ دارِ کُن مُدٕ گنٛڈِتھ فقط اَمِس ژٕرِ

کٔری زبو واپَس ییٚتھِی نمبرَس پٹھ فون۔

وِجے : اچھا مہراہ۔

وِجے گو سوٗنچس زِ پِتا جیَس کیاہ سَنا آسہِ رووُمت۔ سوٚے صُبحن دفتر چھِ دژامُت وُنہِ آو نہٕ۔ تٔمِس اوس موبایِل کٔنِس تلِے تہٕ تَمہِ چہِ ''ءکس ءکس ءکس'' آوازِ ءتی آو سُہ حبسن تہٕ ژاو مٲلی ءنِدِس کمرس منٛز۔ تتہٕ وُچھِنٛ نہٕ سُہ کیٚنٛہہ۔ ماجہِ پرٛژھُن۔

وِجے : پِتا جی آو نا؟

ماجہِ ییٚلہِ وِجے وُچھ فون اَتھَس کیتھ ءٹتھ، بُتھِس ڈوٗلُس رنٛگ تہٕ ہَنا گٔیہِ پَریشان۔ ''کیاہ دلیل؟ وارے چھا سٲری؟''

وِجے : آہَنی سٲری چھِ وارے۔ ژٕ وَن پِتا جی کتہِ چھُ؟

مٲج : خبر کوٚت گو، وُنی اوس ییٚتی۔ اکھ ءتے اوس سخ پریشان تِکیازِ تَس چھُ بٕٹوٗ رووُمت۔

وِجے : بٕٹوٗ رووُمت؟ اَما سُہ کتہِ روٗوُس؟

تِتھے آو وِجے سُنٛد موٗل سِگریٹُک دٕہہ چھکان۔ بُتھ اوسُس کرٕہنیوٗمُت تہٕ باسان اوسُس زِ بٕٹوٗ راونہٕ سیٖہ چھِ تٔمی سِگریٹ ڈٔبی چیٚتھ نٔمٕہ۔

وِجے : پِتا جی توہہِ کیاہ چھُ رووُمت؟

پِتا جی : ژےٚ کتیوٗ لٔجے خبر مےٚ چھُ کیٚنٛہہ رووُمت؟

وِجے: توٚہی وُنِو گوڈٕ۔

# مولُل رِشتہٕ

ڈٔہی ڈُہچہِ دَوِ دَوِ ءٕتی اُس وِجیٚس تھکاوَٹ ہِش باسان۔ گرِ وأتِتھ ژاو سُہ سیٚوٗ دُے پنہٕ نِس کمرس تہٕ پلوٗ کڈِتھ ترٛ ووٗن بڈس پٔٹھ ڈاپھ۔ تِتھُے گٔیہِ فونٕچ رِنگ تہٕ سُہ گو کھڑا۔ موبائلُک بٹُن دَبأوِتھ وُوٚن 'ہیلوٗ'۔ تورِ آس جواب: ''توٗہی چھِوا موہن لال کول؟''

وِجے :۔ نہٕ مہارا، بہٕ چھُس تٔمی سُند لڑکہٕ وِجے۔

آواز : توٗہی پرٛژِھو پنہٕ نِس مأٲلِس زِ تِمن ما چھُ کیٚنٛہہ رووُمت؟

وِجے : تِم چھِنہٕ شاید گرِ کیٚنٛہہ۔

آواز : اچھا ییٚلہِ تِمن تیٚلہِ پرٛژھِی زِ ہوکھ زِ تِمن ما چھُ کیٚنٛہہ رووُمت تہٕ مےٚ

چنٛدس تہٕ مُٹھی ہنٛدِس میٹاڈورس کھٔسِتھ کوٗڈُم بٹُو نمبرَ تہٕ دِژم ,کراے تہٕ تھوٗوُم واپس اُتھی چنٛدس۔ اتھ مَنٛز چھِ ساسنٕی پاٗنٛژھ نوٹ یم لڑٕکس أسِم کالجس مَنٛز فیس برٕنی، اکھ ATM کارڈ، ایگریکلچر یونیورسٹی دفترُک اَڈینٹٹی کارڈ، یَتھ مَنٛز میون فوٹو تہٕ چھُ، تہٕ بیٚیہ آسن بیٚیہ الہٕ پلہٕ ترٛےٚ ژوٗر ہتھ روپیہ۔

نفر: تہٕنٛد وُنُن چھُ ذرُس۔ توہہٕ اوسوٕ بٹُو میٹاڈورس مَنٛز پیوٚمُت۔

موہن لال: آ۔ بہٕ مہراہ اوسُس جلدٕ ےمَنٛز۔ لڑکس اوسُم فیس بَرُن تہٕ دفتر واتُن۔ اَز چھےٚ دفتر ژٕھری ینٕس پتٕھ کرٕکھ ووتھان۔

نفر: تہٕنٛدِ بٹُو چھِ لوکچہٕ ڈائری مَنٛز اوس اَکھ موبائیل نمبر لیکھتھ۔ یُس غالبن تہٕنٛدِس لڑٕکہٕ سُنٛد چھُ۔ تتھی پتٕھ کوٚر اَسہِ گوڈنتھ فون۔ اَسی چھِ مُٹھی نزدیکھ برنائی مَنٛز روزان۔ اگر توٚہۍ یور تشریف انِو پنُن اَمانتھ نِیو واپس۔

تمٕ نفرن وُون تَس پننہِ گرُک پوٗرٕ پتاہ تہٕ ژوٗٹُن فون۔ موہن لال گو خوش۔ أندری ,کنٕی اوس سوٗنچان اما وُنہہٕ چھا یَتھ دُنیاہَس مَنٛز تتھی مہان لُکھ روزان یم روپیہ بٹُو، یَتھ مَنٛز زٕ ہَتھ، ژور ہَتھ نہٕ ٹکہٕ ساسہٕ واد آسن کرَن واپس۔ یہِ اوس نہٕ تَس وٕہمہٕ گُمانس مَنٛز۔ یُس کرٕہُن رَنٛگ تَس بُتھِس اوس گوٚمُت سُہ بدلیوٚس۔ وِجیس وُنُن "پکھ ساٚ کڈ سکوٗٹر برنائی گژھوَ تہٕ بٹُو انو۔"

وِجیَن کوٚڈ سکوٗٹر تہٕ تِم دزٕایہٕ دوٚنوے برنائی کُن۔ وتہٕ اوس

پِتا جی: صُبحن تِتھے کنڈکٹرس کرایہِ دِژِم، پتہٕ چھُنہٕ مےٚ یاد پوان بٹُو کتہٕ تھوٚوُم؟

وِجے: فِکر مہٕ بٔرِو۔ سہٕ چھُ اٮ۪کِس نفرن تُلمُت تہٕ تٔمۍ کوٚر مےٚ وٕنۍ فون۔

پِتا جی: کیاہ! کمیٚو چھُ تُلمُت؟ تٔمۍ کیاہ وۄنۍ؟

وِجے: مےٚ اٮ۪س نہٕ خبر زِ توہہِ کیاہ چھُو رووُمت؟ لہٰذا کیاہ ونہٕ ہٮ۪س بہٕ۔ خاطر تٔمۍ وۄن واپس تِتھۍ نمبرس پیٹھ فون کرُن۔

پِتا جی: رلاو فون جَل۔ یہِ نہٕ ییتھ ڈلبس پتہٕ۔

وِجے: اگر تٔمۍ سِنٛز ییتھ خراب آسہِ ہےٚ تیٚلہِ ما کرِہےٚ فون۔

پِتا جی: اچھا کر وۄنۍ کتھ کم تہٕ رَلاوِ فون۔

وِجیٚیَن رَلوو فون تہٕ وۄنُن نفرس: ''آہَن مہراہ، پِتا جیٚیَس چھُ بٹُو رووُمت۔''

نفر: توٚہۍ دِیو پِتا جیٚیَس فون مےٚ چھُ تمن پرٛژھُن کینٛہہ۔

وِجیٚیَن دِیُت فون پِتا جیٚیَس تہٕ دوٚپنَس ''زٕ ٹُو توہہِ ہیٚتۍ چھُ کتھ کرٕنۍ یژھان۔'' تمو رٔٹ فون تہٕ کوٚرُن 'ہیلوٚ'۔

نفر: کیاہ مہراہ توہہِ کیاہ چھُ ناو؟

پِتا جی: مےٚ چھُ ناو موہن لال کول۔

نفر: توہہِ کتھ رووُو بٹُو تہٕ اتھ منٛز کیاہ چھُو تھوٚومُت؟

پِتا جی: پوٗرٕ چھُم نہٕ یاد زِ گرِ نیرنہٕ وَقتہٕ تھوٚو مےٚ بٹُو پتلوٗن کِس پٔتۍ مِس

گوس بہٕ سبٹھاہ خوش زِ میٲنس لڑکس چھِ امہِ قسمکۍ خیالات۔''

موہن لال : بہٕ تہٕ اوٚسس وتہٕ یِی سونچان زِ کیاہ سنا اَز تہٕ چھا تِتھۍ لُکھ یِتھ دُنیا ہَس منٛز۔ توہۍ چھِو سبٹھاہ قسمت واٲلۍ زِ توہہِ چھِو یِتھ ہیٚو لڑکہٕ۔ لَسِن تہٕ موجوٗد روزَن۔ تُہُند ناو روزِ نی ہمیشہِ روشن گران۔

رادھے شامن وۄن راجوٗ ہَس ''دِ سأیمن پٔژن امانتھ واپس۔'' راجوٗ ہَن دِیُت بٹُو دۄپُن : ''انکل توہۍ وُچھو زِ سورُے چھا اَتی کِنہٕ نہٕ۔''

موہن لال : گۄبرا اَتی آسہِ سورُے گرٛدِھ کۄت۔

رادھے شیام : نہٕ مہرا سانہِ تسلا خاطرٕ پیٚیہِ وٕ توہہِ وُچھن زِ سورُے چھا اتی کِنہٕ نہٕ۔

موہن لالن کھولو بٹُو۔ اتھ منٛز آسۍ ساسنۍ پانٛژھ نوٹ، ATM کارڈ، اڈینٹی کارڈ، ترٛے ہتھ روپیہ تہٕ بیٚیہِ فیملی فوٹو۔ تِمس آو دِلس منٛز خیال زِ ووٗنۍ پَزِ میٚہ اُمس کینٛہہ ینامہِ دِیُن۔ تِمۍ کۄڑ ساسیٚن نوٹ تہٕ ہیٚوون راجوٗ ہَس دِیُن۔

راجوٗ : یہِ کیاہ مہرا چھُ؟

موہن لال : یہِ چھُ چون ینامہٕ۔ بہٕ چھُسے ژرٛے پَننہٕ خوٚشی دِوان۔ اگرے یہِ بٹُو بیٚین ہِنٛدِ بن اَتھن آسہِ ہے لوٗگمت میٚہ کتہٕ میلہِ ہے واپس۔ یہِ چھُ چون حق۔

رادھے شیام : نہٕ مہرا نہٕ۔ اَسہِ چھُ قودرتن سبٹھاہ ہاکھ بتہٕ سوٗزمت۔ یہِ چھُ سورُے تہُند اَمانتھ۔ یہِ اوس اَمۍ سُند فرض توہہِ واپس دِیُن۔ یہِ

موہن لال وِجیَس وَنان ''کیٛاہ سَنا یہِ چھا پۆز مےٚ میلہِ بٹوٕ واپس۔ سُہ تہٕ روپیو سان، بێیہٕ تہٕ یتھ کلہِ یۆگس منٛز۔ اَز نَے چنٛدٕ ژٔٹتھ، واپس دِنٛچ چھےٚ نہٕ کتھَے۔''

''دراصل چھُ نہٕ کلہٕ یۆگ ژٕلہِ یۆگ کینٛہہ۔ پٔرتھ وقتس منٛز چھِ رٕتی تہٕ خراب اِنسان آسۍ مٕتۍ۔ یِمہٕ وِ ے لُکن ہنٛدِ برکتہٕ چھُ سرۍ یہِ کھسان، تہٕ أسۍ ہِوۍ لُکھ دوہ کڈان۔'' وِجیَن وونُس۔

یِمےٚ کتھہٕ کران وأتۍ تِم برنأیۍ تِمٕس نفرٕ ہنٛدِس گیٹس تل۔ بٔل بجأوِتھ دڑاو اورٕ اَکھ خوشوُن لوکُٹ جوان۔ تِمۍ پرٛژھ موہن لالس ''کیٛاہ مہارا توٚہۍ چھِوٕ موہن لال؟

موہَن لال: آ۔ بےٚ چھُس۔

جوان لڑکہٕ : أژِو اندر۔

تِم ژٲلہِ دوٚنوٕ ے اندر تہٕ بیٚہنأوۍ لڑکن لابی منٛز۔ تیتھےٚ آو لڑکہٕ سُنٛد مول تہٕ کوٚرُن تِمن سٟتۍ ألۍ واکھ۔ تِمۍ وۆن ''میٚہ چھُ ناو رادھے شیام تہٕ یہِ چھُ میٛون لڑکہٕ راجوٗ۔ دراصل چھُ أمۍ تِہنٛد بٹوٕ گاڈِ منٛز تُلمُت تہٕ دفترٕ پٔتھٕ یتھ ژٕنۍ أمۍ مےٚ سأرٕے ژٕلیل۔ مےٚ کٔرس ٹیلو وننہٕ ہَنا زِ وونۍ کتھ چھُ ژےٚ یہِ روپیہِ برِتھ بٹوٕ واپس دِیُن۔ پوٚنسہِ کڈ تہٕ باقی سامان سوزُس واپس پننہٕ دفترٕ پٔتھ پوسٹ کٔرِتھ۔ مگر أمۍ ہٕنز دڑٕ ے أمِس آو نہٕ چین تہٕ وَنان اوس یِہنٛد یہِ بٹوٕ چھُ تِمٕس پٔتھ کیٛاہ آسہِ گُزران وۆنۍ کینٛس۔ خبر چھا یِم پوٚنسہِ کمہِ باپتھ آسۍ ہٕس۔ سُہ آسہِ سخ پریشان تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد اَمانتھ رٔٹِتھ تہٕ خرچأوِتھ۔ یہِ بوٗزِتھ

# نَشہٕ

وِکی تہٕ تٔمۍ سُنٛد سأجِو شادیٖ لال أسۍ فوٗنَس پیٹھ پانہٕ وأنۍ کتھ کَران۔ شادی لالن بُلوو سُہ پٔنٛن گرِ سماگما کرنہٕ خأطرٕ تِکیاز تہٕنٛزِ زنانہِ آسہٕ أکِس کھانٛدرٕکِس سِلسِلس مَنٛز دِلہِ گامٕژ۔ رأژ ہٕنٛز آسہٕ أٹھ بجے مَژ تہٕ وِکی ووت سأجٕو سُنٛد گرٕ۔ اکھ أکِس سِتۍ دٔسۍ پۄسۍ کٔرِتھ وُنُس شادی لالن: "بہٕ گژھہ بازر کھٔینٕ کھوردنٕک سامانہٕ اَننہٕ۔"

وِکی اوس کُنیُٔ زون، تٔمۍ تُل رِموٹ، ٹی وی کۆرُن چالوٗ تہٕ چٕلہِ پھِران پھِران لۆگ اَکِہ کرکٹ میچٕک ٹیلی کاسٹ وُچھنہٕ۔ یہِ اوس اِنڈیا آسٹریلیا ہٕنٛک اکھ پژون میچ۔ ٹی وی وُچھان وُچھان گٔژِس ماے یۆتانۍ زِپھ گٔیِس۔ رأژ ہٕنٛز بجے یہِ نَو تہٕ شادی لالن کھُلوو درواز تہٕ ژاو انٛدر۔ أمِس أسۍ

ینامہٕ کمہِ خاطرٕ اگرٔ ے دِیُن چھِ ووس یژھان تیٚلہِ دیوٗس اٗشر واد۔ سُہ آسہِ سبٹھاہ تھوٚد ینامہٕ تہُنٛدِ طرفہٕ۔

موہن لالن کرٔ ے یہِ سبٹھاہ کوٗشش مگر نہٕ موٗنس رادھے شیامن تہٕ نہٕ راجوٗ ہَن۔ اکھتُے تژاوِکھ نہٕ چاے چینہٕ بغاٗرتہٕ ووٚنی اوس موہن لال تہٕ وِجے نیرنَس تیار۔ منَس منٛز اوس موہن لالس خیال ووتھان زِ یہِ گرٕ تہٕ یم ماٗلۍ پۆتھر چھِ سبٹھاہ اصل تہٕ خاص کر چھُ لڑکہٕ وارِیاہ رُت۔ چھُنا صلاح زِ کوملہِ ہُنٛد رِشتہِ کرٕ و ییٚتھی گرس منٛز۔ مگر یہِ کتھ کتھ کٗنژ ہیٚکہِ ہے سُہ تمن ؤنِتھ۔

ہُپاٗرۍ اوس راجوٗ رادھاے شیامس کیٛاہتام کنَس تل وَنان۔ دراصل اوس تمۍ فیملی فوٹوہس منٛزٕ کوملہِ ہُنٛد فوٹو وُچھمُت تہٕ اٗسس سخ خوش گرٕمٕژ۔ رادھے شام تہِ اوس یژھان اتھ مُتلِق کتھ کرٕنی۔

موہن لال تہٕ وِجے دژایہِ ووٚنی گرٕ کُن تہٕ یمو کوٚر سبٹھاہ زور رادھے شیامس تہٕ راجوٗ ہَس گرٕ ینہٕ باپتھ۔ کیٚنٛہہ دوہ گژھِتھ بُلاٗوۍ موہن لالن تمن پنُن گرٕ بتس پٹھ۔ یتھٕ کٗنژ روٗ دۍ تم زٕ ووپرٕ گرٕ پانہٕ وٕنۍ یوان تہٕ گژھان تہٕ تمن یہِ یژھان اٗ کی تہِ تہٕ سَپدٕ ہو۔ راجوٗ ہَس تہٕ کوملہِ آو کھانٛدر کرنہٕ تہٕ یہِ واقہٕ سَپُد موٗ لِلس رِشتس منٛز تبدیل۔



(21/12/2006)

پیگ پھٕرو۔

وِکۍ یَن وۄنُس ژٕ پھٕر پأنٛس بیٚاکھ پیگ ، بہٕ چھمہٕ فِلہال یتُے۔
شادی لالس گیہِ کوٚبس لتھ دواتہٕ پھٕرُن بیٚاکھ پیگ پانٛس تہٕ بیہِ تہِ چون ترٛیشہٕ
ہٕنٛدی پأٹھی۔ وِکی گو حأران زِ أمِس چھُنا بیہِ ہوٚٹ زٕلان تہٕ میٚأدس نار
گنٛڈان۔ وِکۍ یَن پرٛژھنَس: "ژٕ کیتھہٕ کٔنۍ چھُکھ پیگ یوٚتاہ جلدٕے چیتھ
ہیٚکان۔ ژٕ ے چھےٚ نا بیہِ ہوٚٹ زٕلان تہٕ میٚأدس نار گنٛڈان۔ تٔمۍ وۄنُس زِ مےٚ
چھےٚ اَتھ ہأل گٔمژ، تہٕ اکھٕتے چھُ مےٚ اَمہِ سٕتۍ سوٗرٕے نار ژھیتہٕ گژھان۔"
تٔمۍ کوٚر وِکۍ یَس زور زِ گلاسہٕ موکلاو جَل۔ وِکۍ یَن تُل گلاسہٕ اکھ
گوٚل چون تہٕ سٕتۍ ہیٚتِنۍ اولوٗ چرٕمہٕ تہٕ سلاد کھیٚنۍ۔ شادی لالن ترٛوو تَس بیٚاکھ
پیگ زیٚادٕے پہن تہٕ پأنٛس ترٛووُن ترٛییم پیگ۔

وِکۍ یَن پرٛژھ تَس: "ژٕ کوتاہ چھُکھ ہیٚکان اکہِ وقتہٕ چیتھ تہٕ بیٚیہِ کرٕ
پیٚٹھہٕ ووتے چوان۔" تٔمۍ وۄنُس: "بڑٕ وٕنٛژھ اوٗسُس بہٕ اَکھ بوتل ہیٚکان چیتھ مگر
ووٚنۍ چھُس کم چوان۔ گوڈٕ اوٗسُس بہٕ شراب چوان تہٕ اَز چھُ شراب مےٚ
چوان۔ ووٚنۍ یوٚت تام نہٕ شراب اندر چھُم گژھان تۄتام چھُم نہٕ قرار یِوان۔"
وِکۍ یَس گو شوق تہٕ تٔمۍ تہِ ہیٚوٚت شادی لالنۍ پأٹھی چوٚن۔ چینہٕ پتہٕ باسیوٚس
زَن تہٕ سوٗرٕے سمسار نژان۔ تٔمۍ وۄن پانٛس سٕتۍ زِ پانو اگر بٔچُن چھےٚ تیٚلہِ کرٕ پٔن
گلاسہٕ ڈُبہٕ، چھیٚن شادی لال کوٚتاہ چیٚیہٕ۔

شادی لالن کوٚر نہٕ تَس زور کینٛہہ۔ یہن بجے ہٕژ أس سو پھٕرن

زِ ترٛے لِفافہٕ اتھٕس کبتھ۔ لفافہٕ تھٔوِن ؤچھنس منٛز تہٕ بیڈس پیٹھ تھووٗن قدم۔ شادی لالن ووٚنُس: ''اَز سمکھے یہِ اَسی کھاندرٕ پتہٕ گوڈنچہِ لٹہِ کُنی زٔنی تہٕ میٚنے سونٛچ چھُنا صلا اَزِچ راتھ مناوو اَسی۔''

وِکی گو یہِ بوٗزِتھ حاران تکیاٚزِ شادی لال اوس اَمِس لگ بگ 10 ؤری زیٹھ۔ یمن ترٛٚن ؤریَن یم اَمِس کھاندرس اَسی گٔمتی اوس نہٕ اَمی زانٛہہ تہٕ اَمِس تھی سِگریٹ چوٚمُت۔ یہِ گو کوٚل تہٕ کلہٕ تھووٗن بون کُن۔ شادی لالن زون زِ اَمی ہٕندِس دِلس منٛز کیاہ چھُ چلان تٔمی ووٚنُس: ''ترٛاو یہِ تکلُف، اَز چھِ اَسی دوس تہٕ اَسہِ چھُ مُشکلی سان اَتھِ آمُت یہِ دوہ مناوُنک۔''

تٔمی چھٔلی اَتھِ تہٕ شیٖٹس پیٹھ ؤہروٗن سوٗرے سامانہٕ۔ وِکی یَس ووٚنُن، پلیٹ تہٕ شیٖشو گلاسہٕ اَنہٕ خاطرٕ۔ مگر پتہٕ اَنِن تم تہٕ پانے۔ پلیٹس منٛز تھووٗن فرٛے کوٚرمُت کوکر تہٕ بیٖنٛس منٛز اولو چرمہٕ۔ دوٚپنس ''نیلہٕ گوٚو کرُن شوٚروٗ۔''

تٔمی پھیُر دون گلاسن منٛز وِسکی ہُند اَکھ اَکھ پیگ تہٕ پیٹھٕ ترٛووُکھ سوڈا تہٕ یم آیہٕ ہیوٚرتانی برِتھ۔ تٔمی تُل اَکھ گلاسہٕ تہٕ ووٚنُنس: ''زِ شرم یکطرف تھٔوِتھ تُل اَکھ گلاسہٕ۔'' وِکی یَن تُل گلاسہٕ تہٕ شادی لالن ٹکروو گلاسَس سٟتی گلاسہٕ۔ دوٚپنس چیرس۔ وِکی یَن تہٕ ووٚنُس وُٹھوٚٹی چیرس۔ شادی لالن چوٚو گلاسہٕ زَن ترٛیشہِ کنہٕ۔ وِکی یَن لوٗگ وُٹھن سٟتی تہٕ اَمہِ مُشکلہٕ سٟتی زَن گٔیس دٔنِن تہٕ اَکھ گوٚلا چیٚتھ باسیوٚس یہِ ووٚتھ ہوٚٹ زِلان۔ اَمی تھوٚو گلاسہٕ پتھر جلدٕ ے لاجن کوکر دٔنی کھینٛز۔ اَتھ سٟتی لوٗگ اَمِس وقت تہٕ شادی لالن ووٚنُس کر جلدٕ ے بیاکھ

ہنان۔ تہُند کھاندر گو اَسہِ پتہٕ واریاہ کالہٕ تہٕ توہہِ چھُوِ ووُنی اکھ نٔچو تہٕ۔ مگر اَسہِ گو یوٚت کال کھاندرَس تہٕ شُر خاطرٕ چھُس بہٕ ترسان۔ متھ چھُم گرٕھان زِ کانٛہہ شُر اَنِن منگتہٕ، مگر خبر کیاز چھُس نہٕ ہِبکان کٔرِتھ۔ اٰخر اٰمِس کُس سمجھاوِ زِ جوانی ہنٛدی چھِ ژور دوہ یم گرٕھن نیرِتھ پتہٕ انٛدِ نہٕ کھونہٕ وٕٹہٕ کھوڈ کھنٛنہٕ ستی تہٕ کینٛہہ۔ سو چھےٚ مانان پنہٕ نِس پانٔس ہیما مالنی تہٕ خبر چھُس سو روزِ ہر ہمیشہِ یژھے۔ گر گژہست چھُس نہٕ یاد۔ دراصل چھُن سُہ پنہٕ نِس میک اَپس تل دباوِتھ تھووُمُت تہٕ یتھ دوہےَ پٔتھٕ لیپ کھاٰرِتھ دباوِتھے یژھان چھِ تھاوِنی......"

وِکی یَس باسے یہِ ووُنی بوچھِ ہش تہٕ تُمۍ ترٛاٰو کمل شادی لالس پٔتھٕ تہٕ لوگُن بتہٕ کھیوٚن۔ کینٛہہ وقتہٕ پتہٕ پوٚ سُہ تہِ خر ہیوٚ اَکِس اَندس۔

صُبحن ییلہِ وِکی ہُشیار گو تہٕ وُچھُن شادی لال اخبار پَران۔ تس اوس زَن کلہٕ وُنہِ تہِ گیران۔ شادی لالس کُن وُچھِتھ گو حاٰران زِ یہِ چھُ ییٚنہِ پٔنٛنِس وِوِہارس منٛز واپس آمُت تہٕ راتھ یہِ تَس وَنان اوس سُہ اوس شاید بیاکھے کانٛہہ شادی لال۔ تَس اوس بُتھِس پٔٹھ ییٚنہِ سُے ترٛکہِ جار ہیوٚ۔ وِکی یَن سوٚنچ زِ نشہِ کیاہ چیز چھُ یُس اِنسان سُند اَندریم بُتھ چھُ نبر کڈان تہٕ باسان چھُ زِ چینہٕ برٛونٛٹھ چھُ اکھ اِنسان تہٕ چینہٕ پتہٕ چھُ بیاکھے ہیوٚ آسان۔

شادی لالن ترٛاٰو وِکی یَس کُن نظر۔ دوٚپُنَس "کیاہ مہراہ کوٚر روا آرام۔ وٕتھو چھلو اتھہِ بُتھ، مےٚ چھےٚ چاے تیار تھٔومٕژ۔"

(5/2/2006)

☆☆☆

پئنِس بِگلاسس۔ تمۍ کھو نہٕ پیٹھ کھیٚن کیٚنہہ مگر اوٗرک یور لوٗگن وَنُن۔ دوٚپنَس
''یہٕ چھُس زنانہٕ سبٹھاہ تنگ اونمت۔ سو چھےٚ شکی۔ موموٗلی کتھَن پیٹھ چھےٚ
ناراض گژھان تہٕ وَنان زِ میانہٕ بیٚنہٕ چھُ یہ تہٕ میانہٕ بیٚنہٕ چھُ ہہ چیز۔ ژٕ وَن
تم ژٕ کتہِ چھُکھ یم ساٗری چیز ہیکان اَنتھ اَتھۍ تنخاہ پاٗنٛسس منٛز۔ مےٚ چھُ
سوٗرے تنخاہ صرف گرٕ چلاونَس پیٹھ خرٕچ گژھان۔ توتہِ چھُم نہٕ برابری یِوان۔''
وِکی یَن وونُس: ''یہٕ چھُس سوٗرے تنخاہ پننہٕ خاندارنہٕ حوالہٕ کران تہٕ پتہٕ
یہٕ خوش کُربس تہٕ چھےٚ کران، مگر ونیٚکھ تاٗنۍ وُچھ مےٚ زِ سو چھےٚ نہٕ زانہہ تہِ فضوٗل
خرچی کران تہٕ اگر اَسہِ کانٛہہ چیز چھُ اونمت سہ چھُ تسنٛزی میٚہر باٗنۍ اونمت۔''
شادی لالن ووٗنُس: ''میاٗنۍ زنان چھےٚ لگ بگ نصف تنخاہ پننہٕ نَس
سجاونَس پیٹھ خرٕچ کران۔'' وِکی یَن ٹُل بیاکھ کوکر پیسا۔ یہِ ژاپان ووٗننَس:
''کرِو جلدی بتہٕ کھیمۍ۔'' تَس اَس بٕتَس کُن کل تہٕ شادی لالس اوس شرابن اثر
کوٚرمت، قدم اَسِس نہٕ سیوٚد پیوان تہٕ زبان اَسس گوبمژ۔ وِکی ژاو پانے
چوکس بتہٕ شیرنہٕ۔ ژٕ بتہٕ تھال اَنِن، مگر شادی لال اوس وارٕ کیاہتام وَنان تہٕ
مدہوشی منٛز گژھان۔ وِکی یَن دِژِس زبر مگر تمۍ ژیٚنۍ نہٕ۔ وِکی یَن سوٗنچ اَمِس
چھُ کھوٚتمت تہٕ بہتر چھُ اگر یہِ آرام کرِ۔ مگر سہ زَن گو ہُشیار تہٕ لوٗگن بکُن۔
شادی لال لوٚگ ووٚنۍ دوٚن باژن منٛز یُس راز چھُ آسان سہ وَنُن:
''میاٗنۍ خانہٕ دارِنۍ چھنہٕ شُر پیٚدٕ گژھان تھوٚن۔ سو چھِ مانان زِ شُر زینہٕ پتہٕ چھِ
لڑکی ہُنٛز خوبصوٗرتی بگران تہٕ ہرگاہ آپریشن آس تیلہِ چھِس یڈ نیران تہٕ پان

صُبحن وۆتھ وِل شےٚ بجے، شرٛان کٔرِتھ ژاو واپس کمرس منٛز تہٕ وُچھن سُریش عاٗرِ قہٕ عاٗرِق گۆمُت تہٕ کیاہتام بَڈ بَڈاون۔ تٔمۍ دِژس زیٛر تہٕ وۆننس :

''کیاہ دلیل؟ ژٕ چھُکھا وارٕ ے۔ وۆتھ کر شرٛان ژٕپر گژھ۔''

سُریش گَو یکدَم کھڑا تہٕ لوٚگن أندٕ پٔکھۍ وُچھن۔ أچھن مُرِنۍ دِتھ باسیوس زِ یہِ اوس سۆپُن۔

وِل : کیاہ سا دلیل چھےٚ ژٕ اوسُکھ ننٛدرِ منٛز کیا تھاوٕ کتھٕ کران۔ بُتھِس آسے عاٗرقہٕ ژھٔٹہٕ گاٗمٕژ؟

سُریش : کینٛہہ نہٕ۔ مےٚ وُچھ وبُھت سۆپُن۔

وِل : کیاہ وُچھتھ؟

سُریش : ویسے چھِ ونان زِ سۆپُن گژھنہٕ کاٗنسہِ وَنُن تہٕ اگر وَننٕے آسہِ، تیٚلہِ گژھ ِ پکہٕ وُنِس ذٔری یاوس وَنُن۔

وِل : یہِ آسۍ پزٕ اٗنۍ وَنان۔ ژٕ وَن ژٕے کیاہ وُچھتھ؟

سُریش : میٚہ وُچھ اَکھ عجیب وآٗران جاے۔ یَتھ منٛز وارِیاہ گٕلۍ چھِ۔ اوٚرِ یور نظر دِوان پیٚیہٕ میٚہ أکِس ہۆکھمُتِس ڈۆنٛۍ کُلِس پیٹھ نظر، یَتھ زَن موسمہٕ کِہ حِسابہٕ ڈۆنٛۍ گژھۍ آسنۍ، تَتھ بجایہِ وُچھم نہٕ ہۆکھمُت۔ کُلِس منٛز چھُ ڈۆنٛۍ کُل اکھ کُل، یَتھ لاگٕژ ذٔراے چھِ ہر ذٔری یہِ موٕ نیران تہٕ وارِیاہَن گرٕن ہنٛز ژۆٹ چھِ اَمہِ ستۍ چلان۔ یِہوے کُل وُچھ مےٚ ہۆکھمُت۔ اَمہِ ڈۆنٛۍ کُلِچ شکل آس سبٹھاہ ویٚکھٕژ گاٗمٕژ تہٕ مےٚ باسیوو

# اپ شۆگۆن

وارياه کالہ اوس وِلُن بچِنٛک يارسُريش دِلہٕ پێٹھ آمُت۔ یِم اُسی رأتی راتس پژانہٕ کتھ پھِران تہٕ تِم دوہ يادگران یِم یِمو یِکہٕ وٹہٕ گُذأرىمتی اُسی۔

سُريش : مےٚ کیاہ ساأ اُس پرُس شِو کھوٚری مَنت مُنٛج ہِژ زِ ہَرگاہ مےٚ نوکری میلہٕ تہٕ یِمہٕ پیٚیہٕ یور شِو کھوٚری دَرشن کرنہٕ۔ میأنی مَنت چھےٚ پوٗرٕ گمٕژ تہٕ چھنا صلاح پگاہ نیرو اُسی تور۔

وِل : اِد ٹھیک چھُ پگاہ گژھو۔ مگر تیٚلہٕ شونٛگ جلدی تِکیازِ صُبحن پیٚیہٕ اَسہٕ صُبحأے نیرُن یُتھ زَن وقتس پێٹھ واتو تور۔

سُريش : ٹھیک چھُ۔

وِل : ”گُڈنایٹ، سُوہٹ ڈریمز۔“

تہٕ ہمو۔ نتہٕ کیاہ سأ گرٕ ژھِ میٚہ زُکام۔

وِل : ہُکیا چھُ دوا دُکان، پکھ ہمو۔

تم ژایہِ دوا دُکانس منٛز تہٕ تتہٕ اُس سبٹھاہ ہُرٕ۔ تمۍ وٛونُکھ ''پھو زٕ مِنٹ۔'' تم بیٚٹھۍ کُرسیَن پیٹھ۔ وِلس نظرٕ اوس اکھ شیلف تہٕ اتھ پیٹھ اوس کٔریپ بینڈیج۔ تمۍ تُل یہِ گِنداں گِنداں تہٕ لوگُن پنٕنہِ کھوورِ زنگہِ۔ سُہ اوس اُٹھۍ ہتۍ زِ میڈیکل شاپہِ وألۍ وٛونُس: ''بأے صأب کیازِ چھُکھ سوکھ موکھ یہِ لاگان؟ بھگوان رٔچھی نے اَمہِ نِشہِ۔'' تمۍ تھوٚو بینڈیجہِ شلفس پیٹھ تہٕ دوا ہینٕہ پتہٕ دژایہِ تم بڑ وٛنہہ کُن۔

بامبلا وأتۍ تھِے کُنڈ تمو تھکہِ رژھا تہٕ چیٚیکھ چاے۔ چاے چوان آو اَکھ بکھأرۍ وِلس تہٕ وٛونُس ''میٚہ چھُنہٕ دویو دہو پیٹھ کیٛنہہ تہٕ کھیومُت۔ بھگوان کرِ توہہِ بجا اگر توٚہی میٚہ اکہِ وقتٕچ ژوٹ کھیأوِو۔''

وِل: ژٕے یُتھ جوانہِ بہوُدر چھُکھ تہٕ بھگوانٕن چھُنٕے زٕ نٔرِ دِژہمٕژ، ژٕ کیازِ تہٕ موٚزوٗرۍ کٔرِتھ پنٕنۍ یڈ پالان۔ نیر دوٗر میٚہ چھِ توہہِ ہِوۍ لوٗکھ کھران۔

بکھأرۍ دژاو تِمس کیاہتام وٕنِتھ تہٕ وِلن وٛون سُریشس۔

سُریش: ''چھُکھا وُچھان تیٚمِس کُن، پأنسہِ نہٕ دِنٕہ سببہِ چھُ میٚہ خبر کیاہ وَنان۔ اسہٕ ہمتھ چھُکھا وُچھان۔ اَوے چھِ مےٚ یم کھران۔ اکھ بچھُن بیٚیہِ گُرِس کھٕسِتھ۔''

سُریشن وٛونُس اچھا تہٕ او ووٗنۍ یہِ کتھ پکھ نیرو۔ تم دژایہِ شو کھوٚرۍ

زِ یہِ چھُہ پانہِ خاطرٕ ہوٚ کھمُت تہٕ زَن آوے گُن۔ بہٕ کھوٚژُس زِ شاید ما آو یہِ میوٚن خوٚن چیٚنہِ تہٕ میٚہ ہیوٚ کرٕ کہٕ دِنہِ مگر اوٗسس نہٕ ہیکان دِتھ۔ بہٕ اوٗسس ژٕلنچ کوٗشش گران مگر زَن اوٗسس رزَو بتی گنٛڈِتھ تہٕ اکھ قدم تہِ اوٗسس نہٕ کڈِتھ ہیکان۔ تتھے وِژتھ ژے زیرٕ تہٕ بہٕ گوس ہُشیار۔ خبر کیاہ مطلب اوس اَمہِ سوٚپنک۔ ووٚنی دپکھ راتھ ما اوس مےٚ اَمہِ قسمک کانٛہہ خیال ذٔہنس منٛز، نہٕ تہِ اوٗسم نہٕ کینٛہہ۔

وِمل : کیاہ چھکھ سوٗنچان۔ اکھ سافٹ وِیرَ انجیٖنئر اَستھ چھکھا ژٕ یمن کتھن پتھ وِشواس گران۔ ووٚتھ ووٚنی گژھِ ژیر۔ شران کر، بہٕ کرے توٗ تام پیٚکِنگ۔

سُریش ژاو شران کرنہِ تہٕ وِملن لوٚج پیٚکِنگ کرٕنی۔ پیٚکِنگ کرنہٕ پتہٕ لوٚگن موٹر سائیکل صاف کرُن۔ سُریش آو شران کٔرِتھ تہٕ تمو چیٚیہِ چاے تہٕ دزٕ ایہِ ژٕو کھوٚری گُن۔ وِمل اوس موٹر سائیکل چلاوان تہٕ سُریشن کوٚر واک مین چالو تہٕ تھاوِنی اکھ لٔنڈ پننہِ نِس کنَس تہٕ بیاکھ لٔنڈ وِمل نِس کنَس لاگِتھ۔ اکھ نوٚر بِکس کڈِتھ ترٕ ووٚن سُریشن: "گنہِ سِگریٹ دُکانس نِش رُکاو موٹر سائیکل۔"

وِملن رُکوو اَکِس کھوکھس نِش موٹر سائیکل تہٕ سُریشن ہیوٚ اکھ سِگریٹ ڈٔبہِ۔ اکھ سِگریٹ دِتُن وِملس تہٕ بیاکھ زوٚلُن پانہٕ۔ دٕہہ چھکان ژالیہِ تم اَکِس دُکانس منٛز تہٕ تَس ووٚنکھ زٕ کولڈ ڈرِنک دِنی۔

سُریش : میٚہ چھےٚ سخ ڈسٹ الارجی گژھان۔ میٚہ باسان کینٛہہ انٹی ایلرجِک دَوا

اکھ اُس بجے ہژ تہٕ وِلن ووٗنس : ''ژھٕر گو اَسہِ پزٕ ووٕنی ہنا تیز پکُن تکیازِ واپس تہٕ چھُ یُن ۔ بس سٹینڈ پیٹھٕ مندرس تام چھِ لگ بگ 6 کلومیٹر پاٗدلی پکنٕ تتھ تہٕ لگہِ وقت۔''

سُریش : ووٕنی گو نسہِ سیٹھٕ دُے پکُن تہٕ سٹینڈس پیٹھ تھکھ کڈُن۔

یہِ اُس پہاڑی وَتھ تہٕ وتہِ اُسی واریاہ موڑ۔ وِلن اُس ووٕنی رفتار تیز پہن تھوٕہژ تہٕ اَکِس موڑس پیٹھ گو نہٕ اَمِس موٹر سائیکل قوبٕو تہٕ تم آیہِ دوٕنوٕے پتھر لاینہِ۔ وِل گو موٹر سائیکلس تل تہٕ سُریش آو دوٗر چھاونہٕ۔ سُریشن سنبول یتھٕ تتھٕ پان مگر وُچھن وِل موٹر سائیکلس تل پھُسِتھ تہٕ کرٕکہٕ دِوان۔ تمیٚ وُچھ اورٕ یور اتہِ اُس نہٕ مُچھ تہٕ۔ سُہ ووٗتھ جلدٕے تھوٗد تہٕ دوریو وِلس نشہِ۔ موٹر سائیکل یگ طرف ترٛاٗوِتھ روٗٹُن وِل پانس ستیٚ۔

وِل : واٗے...... واٗے...... وارٕ وارٕ۔ میٚیہ چھےٚ چکر یِوان تہٕ کینٛہہ چھُم نہٕ بوزنہٕ یِوان۔

سُریش : کینٛہہ نا چھُ پرواے۔ بہٕ کڈٕ بیگہِ منٛز پاں بوتل تہٕ چاوَتھ ترٛیش۔ بیٚٹھی یا چکر۔ اگر بیٚٹھی ژٕ کڈ قدم اکھ زٕ، واش نیری۔

وِل آو ترٛیش چیتھ حبسن تہٕ سُریش نِس پھیکس پیٹھ اتھٕ ژٕ تھوٗتھ ہیٚتِن قدم کڈٕنی۔ کھوٗر زنگ اوس نہٕ زمینس ستیٚ دِتھ ہیکان۔ سو اُسس یہے الوٗند ہِش باسان۔

وِل : مےٚ نا چھُنہٕ بنان قدم کڈُن زَن چھےٚ زنگ پھُٹمو۔ نساٗ اَتھ چھُ

گُن۔ وَتہٕ أسؠ کالجکؠ تِم دوہ یاد گران تہٕ پانہٕ وأنؠ مسخری گران۔ أتھؠ مسخری منٛز ترٛووتِمو شِو کھوٗری ہُنٛد موڑ پتھ تہٕ کھوٗرکؠ نیرنہٕ بجایہٕ دژاییہٕ سیٹھؠ دُے بڑوٗنہہ گُن۔ سُریش لوٗگ اورٕ یور وُچھنہٕ تہٕ باسیوس زِ تِم چھِ غلط وتہٕ پکان۔

سُریش: میٚہ چھُ باسان زِ أسؠ چھِ وتہٕ ڈٕلؠمٕتؠ۔ تِکیازِ وتہٕ أس اکھ پُلسہٕ چوٗک یِوان تہٕ تتہٕ نِہ چھِ شِو کھوٗری خأطرٕ بیٛاکھ وَتھ نیران۔ ہمِس دُکاندارس پرٛژھو۔

وِلن رُکوو موٹرسائیکل دُکانس نِش تہٕ ووٚنُن تَس ''باے صأب توہہٕ وٲنؠ تو شِو کھوٗری چھا گژھن یِپأری کِنہٕ اَسہِ چھِ وتھ ڈٕلؠمٕژ؟''

دُکاندار: توہہٕ چھِوٕ ہَنا بڑوٗنہہ آمٕتؠ۔ شِو کھوٗری گژھنہٕ خأطرٕ چھُ توہہٕ لگ بگ 2 کِلومیٹر واپس گژھُن تہٕ تتہٕ نس چھُ پولیس سٹیشن تہٕ تٔتؠ تھٕے چھِ اکھ وتھ شِو کھوٗری گُن گژھان۔

وِلن کوٚر موٹر سائیکلس موڑ تہٕ ہَنا پکِتھ وُچھ تِمو پولیس سٹیشن تہٕ أتھؠ سٟتؠ اکھ بورڈ یَتھ پٹھ لیکھِتھ اوس ''ویل کم شِو کھوٗری''۔ تِمو ترٛوو اَسُن تہٕ سُریشن ووٚنُس : ''أسؠ أسؠ دراصل کتھن سٟتؠ مشغوٗل یوٚتام اَسہِ یہِ موڑ پَتھ ترٛوو۔

وِل: تی سَپُد۔

سُریش: مگر یمن واقن چھے پننٕی اہمیتھ، یم چھِنہٕ پتہٕ ذیٛہنہٕ پٹھٕ وَسان۔

وِل: أں، یم چھِ یاد روزان۔

کھونہِ۔ کار دژ ایہِ۔

اَڈس پٹھ وأتِتھ ژون تمو وِلؠ أکِس میڈیکل شاپس منٛز۔ ڈاکٹرن ڈِیٹ أمِس فسٹ ایڈ تہٕ بیٚیہِ کوٚرنِس مأپینہٕ۔ مأپینہٕ کرنہٕ پتہٕ وٚون ڈاکٹرن سُریشس۔

ڈاکٹر: أمِس چھُ زنگہِ پھژ کچر گوٚمُت تہٕ بیٚتہٕ انٛدٕ نہٕ أمِس کینٛہہ۔ یہِ پیٚیہِ توہہِ میڈیکل کالج جوٚم واتہٕ ناوُن۔

وِلؠ: ڈاکٹر صاحب میٚیہ چھِ سخ دَگ۔ توٚتام واتان واتان ما مرِ بہٕ اَمہِ دگہِ ستیٚ۔ کینٛژھا کُرو یتھ یہِ دَگ بیٚہہِ۔

ڈاکٹر: کینٛہہ چھُنہٕ پَرواے۔ بہٕ دِموٚ توہہِ پیٚن کِلر تہٕ اکھ سپرے یُس توہہِ فرکچرچہِ جایہِ لگأوِتھ ہَنا دگ کم کرِ۔

سُریشن ٹُل دوا، اکھ وین أنِتھ کرالیس پٹھ تہٕ تم دژ ایہِ واپس میڈکل کالیج جوٚم۔ گاڈِ منٛز أسی دوٚنوے پانہٕ وأنۍ کتھ کران ونان۔

وِلؠ: میٚانہِ وجہہ کِنۍ ہیوٚکُتھ نہٕ ژےٚ شوٚ کھوٚری گژھتھ۔

سُریش: کیاہ چھُکھ وَنان۔ یور یِمو وارٕ کارٕ بیٚیہِ لٹہٕ۔ شُکر أسی بچےٚ یہِ زُوٚ، یہِ کیٛاہ کم چھا۔ شاید ما آسہِ ہے اَمہِ کھوتہٕ بُرٕ کینٛہہ قسمتس لیکھِتھ، مگر أسی أسی دژإمتیٚ رِژِ کامہٕ تہٕ اِوٚ موکھٕ بچےٚ یہِ۔ مےٚ چھُ باسان زِ بھگوانٕن دِژِ ے یہِ بژ وٹھِے أچھ ژینہٕ وَن۔ میٚون سُہ بُرٕ سوٚپُن، چون میڈیکل شاپس منٛز کرٕپھ بنٛڈیجہِ أتھی زنگہِ تہٕ أتھی جایہِ لاگُن تہٕ

کیٚاہتانٛ گوٗمُت۔ بہٕ چھُس نہٕ پَزِی قدم ہبکان کڈِتھ۔

سُریشن ترٛاوُ تیٚسنزِ زنٛگہِ کُن نظر۔ یہِ زَن اُس دوٕگنٛ گٔمُت۔ تٔمۍ تھوٗو سہٕ سڑکہِ اکِہ طرفہٕ۔ اورٕ یور دِژن نظرا۔ سُہ گو پریشان زِ ووٚنِ کیٚاہ کرٕ۔ تٔمِس اوس نہٕ موٹر سائیکل چلاوُن تگان۔ تٔمۍ ژیوٗ موٹر سائیکل کھٔکھرٕ کھٔکھرٕ دوٗر اَکِس دُکان دارس کوٗرُن حوالہٕ۔ واپس یِتھ وُچھ تٔمۍ اَکھ کار اورٕ یِوان یَتھ منٛز زٕ بنگٲلۍ بٲژ اَسۍ۔ کار ٹھہرے یہِ پانٔے تہٕ ڈرائیورن پرٛژھ ''کیٚاہ دلیل چھےٚ۔''
سُریشن ووٚنُس ''موٹر سائیکلس گیہِ سِلپ تہٕ تم آیہِ پٔتھر چھاونہٕ۔ خبر وِلس ما آسہِ زنٛگ پھٔٹمٕژ۔ ووٚنۍ یِیے تم مہربٲنی کرِہَن تمن واتہٕ ناوِ ہَن بَس اَڈس تانِ۔''

سوارٕ مانیٚو نہٕ مگر ڈرائیورن ووٚنُس: ''اِنسانیت کا تقاضا ہے کہ میں اِنھیں اس حالت میں نہیں چھوڑ سکتا۔ اگر آپ کو اعتراض ہے تو آپ گاڑی سے اُتر جایئے۔''
سُریش: ''سر میرے دوست کی حالت خراب ہے کیا پتاہ اِسکی ہڈی ٹوٹ گئی ہو اور بس سٹینڈ یہاں سے 2 کلو میٹر کی دوری پر ہے۔ ہم آپ کا احسان کبھی نہیں بھولیں گے اگر آپ ہمیں وہاں تک لے جائیں گے۔''

بنگٲلۍ زنانہِ آو رحم تہٕ تٔمۍ ووٚن پنٕنہٕ نہٕ زبٲنۍ منٛز رِنس کیٚاہتام تہٕ موخصر موٗن تٔمۍ۔ ڈرائیورن تہٕ سُریشن تُل وِل تہٕ سُریشن روٗٹ سُہ فرنٹ سیٹس پیٹھ

# مَنٛگلی

رۄہنی میٹرو سٹیشن نمبر 1 ہِکس أکِس بینچس پٮ۪ٹھ بِہِتھ اوس سُنیل کشمیری گیٹ گژھنہٕ خاطرٕ میٹرۄ ٹریٖنہٕ ہُنٛد اِنتظار کران۔ کیٛنٛہہ وقتھ گُزرِتھ آیہٕ پلیٹ فارم نمبر 2 ہَس پٮ۪ٹھ میٹرۄ ٹرین یَس رِٹھالا اوس گژھُن۔ سوارِ بون وسنہٕ پتہٕ دژایہِ میٹرۄ ٹرین تہٕ سُنیلس پیٛیہِ اچانک أکِس زنانہِ ہُنٛز نظر، سُہ گو حٲران ہیُو تہٕ دوران وۄتھ بون۔ بون وأتِتھ سٹیشن ہِکس حالس منٛز گیہِ نہٕ أمِس سو زنان نظرِ۔ تِمِس گو سخ افسوٗس تِکیٛازِ اَز آس تِمۍ واریاہو ؤری یو پتہٕ آرتی وُچھمٕژ۔ تِمِس باسیوو زِ تِمۍ ما وُچھ کانٛہہ سۄپُن، مگر دِل اوسُس گواہی دِوان زِ سُہ پزٕ زناوِ آرتی لچھِ لُکہِ منٛزٕ تہٕ تابہٕ حال ہیٚتۍ نفرن منٛز کھٮ۪یہِ ہے نہٕ

بٕنچھِ وٕنِس ہتۍ چاۓنٕ دوٚنٛلھِ دوٚنٛلھ کرٕنۍ تہٕ تٔمۍ سُنٛد بکھ بکھ گران نیرُن، یِم سٲری اَسۍ اَپ شوٗگُن۔ ووٕنۍ گو اَسۍ چھِنہٕ یِہ ثیٖنہٕ وَن سنجیٖدگی سان نِوان تہٕ یِہ چھےٚ اِنسان ہٕنٛز بُڑ تہٕ میٲنہِ خیالہٕ رٕژ خصوٗصیتھ۔

وِلِ: یِہ چھُ اکھ اتفاق، بہٕ چھُس اتھ توٚہم پَرستی وَنان۔



(30/1/2006)

آرتی : سُہ چھُنہٕ ووٚنۍ مے ستۍ روزان۔

سُنیل: کیاز ؟

آرتی: اَسہِ چھِ طلاقس ترٛے وٚری گمٕتۍ۔ سُہ چھُ اَز کل کلکتہٕ روزان۔

سُنیل : طلاق! مگر کیازِ؟

آرتی: یہِ چھےٚ زٕ ہتھ ڈٕلیل۔

تَم وأتۍ کتھ کتھ کران تٔتھۍ سوسائٹی مَنٛز ییٚتہِ آرتی فلیٹ چھُ مٔلۍ ہیوٚتمُت۔ تَم دوٚنوٚے ژایہِ فلیٹس مَنٛز تہٕ سُنیل اوس سوٗنچان زِ کھاندر کٔرِتھ اکہِ وٚری یہِ پتےٚ کیازِ گوٚو یمن طلاق۔ کیاہ سَنا وجہہ چھُ؟ سُہ اوس یی سوٗنچان زِ آرتی ووٚنُس۔

آرتی : کھاندرٕ پتہٕ آیہِ أسۍ دِلہِ تہٕ أسۍ دوارِکایہِ مَنٛز روزان۔ سُہ اوس أکِس کمپیوٗٹر کمپنی مَنٛز مارکیٹِنگ مینجر تہٕ اکثر اوس دورن پٮ۪ٹھ آسان۔ بہٕ أسس گرِ کُنی ژٕنۍ روزان تہٕ دوٚیہِ رٔتۍ لأج مے تہٕ نوکری کرٕنۍ۔ کینٛہہ کالٕی باسیوٚ میٚہ تسُند وہوار چھُ بدلیوٚمُت۔ سُہ اوس ووٚنۍ بِلا وَجہہ میٚہ ستۍ دوٚنٛکھہِ دوٚنٛکھ کران، ٹوٚرُک بہانہٕ کٔرِتھ اوس اکثر گرٕ نیبرٕ روزان۔ پتاہ کٔرِتھ نَنیوٚ میٚہ زِ أمِس چھُ أکِس امیر گرٕچہِ بنگألی کورِ ستۍ وارِیاہ کالہٕ پٮ۪ٹھٕ أفیئر۔ یہِ بوٗزِتھ گٔیس بہٕ سخٕتھاہ پریشان تہٕ میٚہ ہیوٚک نہٕ یہِ برداش کٔرِتھ تہٕ أخر کوٚر میٚہ فأصلہٕ الگ روزٕنک تہٕ ییتھٕ گٔیۍ گوٚ اَسہِ طلاق۔ کینٛہہ کألی پتہٕ کوٚر تٔمۍ بنگالی کورِ ستۍ کھاندر تہٕ ووٚنۍ چھُ

تسٕنزٕ نظر دوکھٕ۔ سُہ گو سیٹھاہ موٗیوٗس تہٕ دزاو سٹیشنہٕ نبرٕ۔ اُمس پیٹھٕ اَکس رِکشاہَس کُن نظر یِتھ مَنزٕ آرتی بِہتھ اُس۔ سُہ لاریوٗو رِکشاہَس کُن۔ تِتھے تتھ نِشہِ وۄت، شانٛش کھسنہٕ ستی پھۄریوٗس نہٕ کینٛہہ۔ سُہ اوس بڈٕ حأرانی سان آرتی کُن وُچھان تہٕ کوٗشِش گران تَس وننہٕ نِچ زِ یہِ چھا سۄپُن کِنہٕ حقیقتھ۔ آرتی تہٕ اُس حأرانی سان تَمِس کُن وُچھان تہٕ خوٗشی ہِنٛز لہر زَن آیہِ تَمِس بُتھِس پیٹھ۔ یِم اُسی ووٗنی دوٚنوٚے پانہٕ وأنی نظرو ستی کتھ باتھ گران۔ مگر رِکشا وألی ہِنٛزِ آوازِ ستی گیہِ یِمن رُکاوٹھ۔ رِکشاہ وألی پُرٛژھ آرتی ''کیا یہ آپ کے ساتھ ہے؟''

آرتی پیٹھ ژھوپہٕ گرِتھ مگر سُنیلن وۄنُس ''ہاں''۔ سُہ بیوٗٹھ آرتی لرِ تہٕ رِکشا وول دزاو۔

سُنیل : ژٕ کرآ یکھ دِلہِ؟

آرتی : میٚے گیہِ ووٗنی پانٛژٕہ وٕری ییٚتی۔

سُنیل : پانٛژٕہ وٕری؟ میٚہ تہِ گیہِ ووٗنی لگ بگ پانٛژٕہ وٕری ییٚتہِ مگر میٚہ گیکھ نہٕ ژٕ زانٛہہ تہِ نظرِ۔

آرتی : بہٕ اُسس دراصل دوارِکا کِرایہِ فلیٹس مَنزٕ روزان تہٕ یہُس ہیوٚت مےٚ پنُن فلیٹ۔

سُنیل : تہٕ چون خانہٕ دار؟

آرتی گیہِ ژھوپہٕ ہش تہٕ سُنیلن پُرٛژھ تَمِس یہَے سوال بیٚیہِ اکہِ لٹہِ۔

اَز چھِ سو پنٕنِس مأرِس نِش تہٕ یلاج چھُس تٔتی چلان۔

آرتی: میٚہ چھُ افسوٗس۔ یم چھِ بھگوانٕہ سٕنٛدی رنگ۔ کأنٛسہِ اکِہ رنگٕہ تہٕ کأنٛسہِ بیٚیہِ رنگ دُکھی تھوان۔ کانٛہہ وُچھ نہٕ مے سوکھٕ سان زِندگی بسر گران۔ میٚہ اوس باسان زِ شاید چھِ میٚے یوت مُشکل مگر چأنہِ کتھِ بوٗزِتھ چھُم باسان زِ ژٕے چھُے میٲنہِ کھوتہٕ زیادٕ تکلیف۔ پتھٕ چھُ کنسر جأنٛ تہٕ گران تہٕ مأرِ تہٕ۔

آرتی لأج چاے تہٕ سُنیل اوس ووٚنٛی تمن دوہَن یاد گران ییٚلہِ تِم یکجا کالیج اَسۍ پران تہٕ پتہٕ ییٚلہِ کھانٛدرٕچ کتھ باتھ آرتی سٟتۍ چلان اُس۔ مگر منگلی آسنہِ کِنۍ رلیہِ نہٕ ٹیٚکِنۍ تہٕ تمِس کوٚرُکھ بێیِس سٟتۍ کھانٛدر۔ سُہ اوس یِی سوٗنچان تہٕ آرتی آیہِ چاے ہێتھ۔

آرتی: رٕٹو چاے۔

سُنیل: مے چھِ کالجٕکۍ دوہہ یاد پیوان۔ تِم کأتیاہ رٕتۍ دوہ اَسۍ۔ دَراصل چھُ پیٚہَے یوت وقت اِنسانس فِکرو روٚس آسان۔ پتہٕ چھُ زالس منٛز کوٚٹہٕ ہێنہٕ یِوان۔

پرٛانہِن یادَن پھیُر دِوان پیو آرتی یاد سُہ واقہٕ ییٚلہِ اکِہ دوہ کالیج پتھٕ گرٕ واپس نیرنہِ وِزِ روٗد لوٚگن۔ سُنیل اوس تَس سٟتۍ تہٕ دوٚنوٚے ٹھہرے یِہ اَکِس کُلِس تل دیو روٗدس گژھِ تھکھ۔ سوٕ اُس کالجہٕ پتھٕ کُلس تانۍ روٗدٕ سٟتۍ بَرنہٕ آمٕژ تہٕ رێشمی پلو اَسِس تنہِ سٟتۍ لأرِتھ گمتۍ۔ سُنیلن کوٚڈ پنُن کوٹ تہٕ ترٛووُن

کلکتہٕ ہَس منٛز روزان۔ یہِ اُس میٲنٛی دأدِی کانگر۔ ژٕے چندی گڑھ اوسُکھ اَز بِیتھٕ کٔنہٕ آکھ دِلہٕ؟

سُنیل : آ۔ چانہِ کھانٛدرٕ وِزِ اوٗسُس بہٕ چندی گڑھ اَکِس کمپنی منٛز تہٕ پتہٕ ژاس بہٕ بێیِس کمپنی منٛز دِلہٕ تہٕ چھُس اَز اَتھی کمپنی منٛز کٲم کران۔ مێہ تہِ گو ووٗنی لگ بگ ترٛٚے ؤری ییٚتہِ روٗزنی اَکِس کِرایہِ فلیٹس منٛز روزان۔

آرتی : ژٕے کوٚرتھا کھانٛدر؟

سُنیل: آ...... مێہ تہِ کرێو و کھانٛدر۔

آرتی : تُہنٛز ازدواجی زِندگی کِتھ چھےٚ چلان؟

سُنیل: کێنٛہہ وقت خاموش روٗزِتھ ''آ۔ بس چلان چھِہ۔''

آرتی : ژٕ کیٛازِ گوکھ پریشان ہیٚوٚ۔ سوٗرے کێنٛہہ چھا ٹھیکھ؟

سُنیل: آ...... آ...... بَس قسمتکۍ رنٛگ بوز۔ کھانٛدرٕ پتہٕ وُہرِ ژٕنێو و زِ میانہِ آشنہِ چھُ بچہِ دانہِ ہُنٛد کینسر تہٕ یہِ پێیہِ کڈٕنی۔ مگر کێنٛہہ کٲلۍ گییہِ سو واریاہ کمزوٗر تہٕ ہیٚوٚتنَس مَس تام ژٕلُن نیرتھ تہٕ اَز چھِہ سو مرنہِ سٕری۔ مےٚ چھُ سخ موسوٗس۔ مگر یہِ کمپنی ہنٛز نوکری تہِ چھےٚ سخ۔ مےٚ چھُ پہوان گرا اَکِس جایہِ گژھُن گرا بێیِس جایہِ۔ تَس گوٚ ژھُس ہر وِزِ حاضر آسُن یُس بہٕ چھُس نہٕ کٔرِتھ ہیکان۔ بہرحال خبر کتھ وقتَس چھےٚ پژاران۔ تَس تہِ چھُ سبٹھاہ دوکھ زِنٛدگی ہنٛدِ وجہہ کِنۍ گیہِ میٲنٛی جوانی بےٚ رنٛگ۔

تمۍ سونٛچ زِ ووٚنی کرِ سَہ ہہرِ بابَس فون زِ سَہ ییہِ پگاہ۔ چنٛدِ منٛز فون کڈِتھ وُچھ تمۍ زِ موبیلَس پیٹھ اَس واریاہ مِس کالہٕ آمژٕ۔ تمۍ کوٚر موبایل اَن لاک تہٕ وُچھن زِ یمہٕ آسہٕ تسٕندی ہہرِ بابَن کرِمژٕ۔ یہَے نمبر ڈایل کٔرِتھ آو تَس جواب زِ تسٕنز آشِنٛی چھےٚ گُذرِمژٕ۔ تمِس ژٕج کرٕکھ نیرِتھ تہٕ آلوٚ کٔرِتھ ووٚت تور۔

رہتہٕ پتہٕ آیہِ سُنیل نِس موبائیلس پیٹھ اکھ رِنگ۔ ہیلو وٕنِتھ بوٗز تمۍ وَدُن۔ تمۍ ووٚن ''توٚہۍ کُس چھوٚ تہٕ کیاز چھِو وَدان؟'' تھرتھرایہِ ہنٛزِ آوازِ منٛز آس جواب ''بہٕ چھُس آرتی۔''

سُنیل: آرتی۔ ژٕ کیازِ چھکھ وَدان؟ کیاہ ڈٕلیل؟ رٕژٕرٕ ے چھا؟

آرتی: رٕژٕر چھُنہٕ کینٛہہ۔ رات آو میٚہ چکر ہیٚؤ تہٕ پتہٕ گیَس ڈاکٹرس۔ تمۍ ووٚن بہٕ چھےٚ خوش خبری ہنٛز کتھ۔ ژٕ چھکھ مأج بَنن واجِنۍ۔ یہِ بوٗزِتھ گیہِ مےٚ کھورِ تلہِ زٔمین نیرِتھ تہٕ آیَس ٹاس کٔرِتھ پتھر لایِنہٕ۔ واریاہ کینٛہہ سونٛچنہِ پتہٕ ووٚن میٚہ زِ یہِ خبر ونہٕ بہٕ توہہِ۔ کینٛہہ چھُم نہٕ سمجھ یوان کیاہ کرِ۔ مےٚ آے یہِ رُکاوٹھ ژٕنے ونٕنس مگر مےٚ سونٛچ سَہ تہِ گژھِ غلط اگر بہٕ ونہٕ نہٕ۔ باقے چھُ ژٕنے تانۍ۔

سُنیل: ژٕ مہٕ بَر پَرواے۔ بہٕ واتہِ وُنۍ ژٕنے نِش۔ ژٕ مہٕ بَر فِکر، بہٕ چھُس کورٹ میریج کرنَس تیار۔

سَہ دژاو گاڑِ منٛز آرتی ہُند گرٕ، أندری کنۍ اوس سونٛچان زِ اگر اَسہِ نکھہِ اوس پینٕے، یہِ روٚٹ کیازِ آو منٛزٕ۔ دَراصل چھےٚ نہٕ کھاندرِ کس مالِس منٛز تلنگری

تَس نکھن پیٹھ۔ تمہِ ونیوٗس "نہٕ نہٕ مےٚ چھُنہٕ ضوٗرۍ رتھ"، مگر سُنیلن ووٚنُس "ژےٚ چھےٚ ہلکہٕ پلو نالۍ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ یَژھان بیا کھ گژھی ژےٚ اَتھ حالتس منٛز وُچھُن"۔ تمہِ کوٚر یہِ واقہٕ یاد تہٕ دوشوٕے رٕوۍ اَتھ پیٹھ تبصرٕ کران۔ پرٛانہٕ کتھہٕ یوٚزِتھ آو سُنیلس ییٚہِ سۄ لول ووٚتلتھ تہٕ یاشا کرِتھ ژٕٹن سو چیرٕ نالہٕ متہٕ۔ تمہِ رُکو نہٕ سۄ کینٛہہ تہٕ پٔتروٗن یہِ ڈٲلِ زِ تہٕ تَس پنٕن پان۔ ووٚنۍ رٕوۍ د نہٕ تمن پَنہٕ نبن پاٚنن پیٹھ قوبوٗ تہٕ یہِنٛدبن اَندریمین جذباتن لوٗگ وُتش، یمہ تمو وارِیاہ کالہٕ پیٹھہٕ دباوِتھ اَسی تھوٚمتۍ تہٕ دوٚیمہٕ ژٕھ اَسی تم بیٚڈس پیٹھ اَکھ اَکس ستۍ نالہٕ موٚت کرِتھ۔ تِتھے گیہٕ سُنیل نِس موبایلس رِنگ تہٕ تم آیہِ حسبن منٛز۔ مگر دِلن ہنٛز دھرٛکن اَسی تیز پٕمژٕ۔ حسبہٕ ہتھ تہٕ رٕوۍ د نہٕ یمن پانس پیٹھ یختیار تہٕ تم رٕوۍ تِتھے کٔنۍ نالہٕ موٚت کرِتھ...... موبیلچ رِنگ رٕوۍ ز وزان۔

اَژٕ گیہٕ تم علاحِدٕ تہٕ آرتی اَس شرمندگی ہِش موسوٗس کران۔ سُنیل اوس تس وُنِن یَژھان زِ اتھ منٛز چھےٚ نہٕ شرمندگی کانٛہہ ٹلۍ کہِ اَس یہِ سانبن دِلن ہنٛز خاہش یوسہٕ زَن اَزٕ نبرٕ آیہِ نیرٕتھ تہٕ اَسہِ رٕوۍ د نہٕ حبس ہوشے۔

سُنیل ووٚتھ تھوٚد تہٕ ووٚنٕن آرتی۔

سُنیل: ووٚنۍ یَژٕ میٚہ نیرُن تہٕ قسمتس اگر منظور آسہِ ییٚہہ سمکھو۔ یہِ وَنان تھوٚو تٔمۍ پنٕن وِزٹنگ کارڈ ٹیبلس پیٹھ تہٕ ووٚنُس : "یتھ پیٹھ چھُ میانہٕ گرِیٚک تہٕ دفترُک فون نمبر تہٕ پتاہ۔" یہِ وَنان دژاوسۄ اتہٕ۔

سڑکہِ پیٹھ واتِتھ پیوٚ تَس یاد زِ تمِس اوس اَز پنہٕ نہٕ آشنیٚ خبرٕ گژھُن۔

# کھانٛدر

وِنوٗد اوس ووٚنۍ کھانٛدرِ خاطرٕ سبٹھاہ بے تاب گوٚمُت ییٚلہِ زَن اَمۍ

ہِنٛدِ بن سارِنے یارَن دوٚستَن کھانٛدر اوسٕکھ کوٚرمُت۔ کیٚنٛژن اَسۍ شُر تہٕ زاءمتۍ۔

وِنودَن کوٚر گرِکبن سبٹھاہ زور زِ ووٚنۍ پَزِ اَسہِ لوکٕچہِ بیٚنہِ ہٕنٛزِ کھانٛدرٕچ تیأری

کرِنۍ۔ ییٚلہِ زَن تٔمۍ سُنٛد اصل مقصد اوس زِ تسُنٛد کھانٛدر تہٕ سَپدِ ہے اَتھی سٟتۍ۔

تسُنٛد مول اوس پرٛایویٹ مُلأزِم تہٕ پرٛایویٹ مُلأزِم ہیٚکہِ نہٕ اَزکل دون بچَن

الگ الگ کھانٛدر کٔرِتھ۔

وِنودنہٕ ماجہِ توٚر یکدم فِکرِ زِ وِنود کیٛاہ چھُ وَنان ''یُہے چھےٚ کھانٛدرٕچ

وأنٛس۔'' تمہِ سوٗنٛچ ''اگر نہٕ اَز تٕنٛبلہِ تیٚلہِ کرتنٛبلہِ۔'' لہاذا اَیِہ سو خانٛدارس پتہٕ زِ

ووٚنۍ پَزِ اَسہِ شُربن ہُنٛد بوزُن تہٕ تِمَن کھانٛدر کرُن۔ خانٛدارن ووٚنُس ''یہِ بور

کیٚنٛہہ چلان۔ اِنسان چھُ خبر کیٛاہ سوٗنٛچان تہٕ قوٗدرتھ چھُ اتھ بدلہٕ شٕکل دِوان، یہِ نہٕ وہمہِ گُمانس منٛز آسہِ۔ وُچھ تہٕ سائنس مالس منٛز لٔج أکس نفرٕ ہنٛز ٹلی تہٕ منٛزس...... خبر یہِ اوسا پزی منگلی ہُند قوٗصوٗر کِنہٕ نہٕ۔ مگر سائنٛز ٹیٚکنٛز أس رلاونہٕ آمٕژ تہٕ تمہِ پتہٕ تہٕ موٗیہِ میٲنٛز آشنٛز کینسرٕ ستیٚ۔ اَمہِ خیالُک شِکار چھُ خالِص سون سماج۔ خبر کأتیاہ نفر آسن اَمہِ وجہہ ستیٚ اَکھ أکس نِشہِ ژھینہٕ گژھان۔ مگر یہِ چھےٚ دراصل توہم پرستی ییٚیہِ نہٕ کیٚنٛہہ۔ یہِ چھےٚ تٔسی تھپھ کران یُس اَتھ منٛز یقین تھَوِ۔ یہِ سوٗرے چھُ اَکھ اِتفاق، منگلی ونگلی چھےٚ نہٕ کٕنٛہیں۔ یتھی واقہٕ آسن ییٚیہِ خبر کأتیاہ۔ یم اَسہِ خبر چھےٚ نہٕ لگان۔ خأر یہِ پتھ کُن گوٗ تہٕ گوٗمےٚ پزٕ نوٚسرٕ زِندگی شوٗرۄ کرٕنۍ۔



(6/8/2009)

وِنود: توٚہؠ کتہِ أسی وِ پَران؟

سُنیٖتا: بہٕ أسُس MAM کالِجس منٛز پَران۔

وِنود: اچھا توٚہؠ وٕنی تو توٚہؠ کمہِ قسمُک بأژ چھِوٕ پسند کران؟

سُنیٖتا: بہٕ چھُس پَسنٛد گران یُس پوٚز آسہِ وَنان، یٔمِس نہٕ کانٛہہ بُرٕ عادَت آسہِ تہٕ بێیِہ آسَبس بأژ سٕنٛد احترام۔

وِنود: سارێ کتھہِ کرِ مےٚ۔ توٚہہِ ما چھُہ مےٚ کێنٛہہ پرٕ ژھُن؟

سُنیٖتا: پتےٚ زِ یہِ توٚہہِ پننِس Bio data ہَس منٛز لێوٚکھمُت چھِوٕ سُہ چھا سورُے پوٚز؟ ناراض گژھِو زِ نہٕ، اَز چھِ لُکھ لورِ پێٹھۍ سرُ پھ تاران۔

وِنود: توٚہہِ چھا اَتھ Bio data ہَس منٛز کانٛہہ شکھ؟

سُنیٖتا: نہٕ نہٕ۔ شکھ نہٕ۔ وٕنی گو پرٕژھُن چھُہ پہوان یہِ چھا ٹھیکھ۔ تِکیازِ یہِ چھُہ زِندگی ہُنٛد سَوال، أکھ دوہ، اکھ رٕتھ یا اکھ وٕری نہٕ۔ بێیِہ چھِےٚ کوربن ہنٛز زِندگی کرٕٚژھ۔ موموٗلی کتھَن چھُہ الوٗنٛد پہوان روزُن۔ بہرحال مےٚ کھوٚت تہنٛد Bio data پَسنٛد تہِ۔ بتہٕ لێجِہ چھُہ پتھٕ کنہِ وُچھنہِ یِوان ،کرٕژھ چھِےٚ۔ پتہٕ چھُہ ڈکو لاشیو تلہِ ،کرٕژھ نیرِ۔

وِنود: توٚہؠ کیاہ أسی وِ یژھان؟

سُنیٖتا: میأنی خاہِش أس لڑکہِ گژھِ میانہِ کھوتہٕ زیادٕ پوٚرمُت آسُن۔ تمہِ کٔر (اسنا ہَنا) خبر کیازِ؟ شاید چھِےٚ زنان نفسیأتی طور مردَس الوٗنٛد روزان۔ سو أسیٚ تَن وُڈان آسان مگر مردٕ سٕنٛدِ سہارُک چھُس ضوٚرٗرتھ پہوان۔

نکھہِ والنہٕ خأطرٕ گژھن زٕ گرٕ آسنۍ۔ کورِ چھُ کھاندر کرُن۔ لڑکہٕ گرٕژھِ کِنٛہی نۓ گورنمٹ مُلأزِم آسُن۔ گورنمٹ مُلأزِمے اوُسس بہٕ، اِدٕ ہیوٚک مے کٔشیرِ نیرِتھ یہِ ورزُن واو ژألِتھ۔'' یہِ بوٗزِتھ گو وِنود پرٛیشان ہیٚو۔ سُہ اوس سونٛچان زِ یمن پنٛداہن ؤریَن منٛز کُس کأشُر بٹہٕ لوٚگ گورنمٹ مُلأزِم۔ 1990 ہس پتہٕ نہٕ اکھ تہِ۔ اگر گوٗرنمنٹ مُلأزِمس تھپھ کرِتھ روٗدۍ، مُشکِل چھُ کورِ خأطرٕ تان بنُن۔

وَقت گو گُزران تہٕ اکہِ دوہہ آو وِنوٗدُن مام کورِ خأطرٕ اکہِ گرٕچ شیٚچھ ہیتھ۔ لڑکہٕ اوس بجلی محکمس منٛز تہٕ ٹیٚکنٛز رلاونہٕ پتہٕ آیہِ لڑکہٕ لڑکی پانہٕ وأنۍ سمکھاونہٕ۔ دوٗنوٚے کوٚر آنٛکار تہٕ رِشتہٕ آو پکہٕ کرنہٕ۔ یِمنٛے خوٚشی ہنٛدٕ ہن دوہَن منٛز گو وِنودس خأطرٕ تہِ اکھ گرٕ تیار۔ ٹیٚکنٛز رلاونہٕ تہٕ تِمن سمکھنہٕ خأطرٕ گو دوہ مُقرر۔ وِنود اوس پانہٕ سۭتۍ سونٛچان زِ ییٚلہِ سو یہِ پرٛژھِ بہٕ دِمس یہِ جواب تہٕ ییٚلہِ سو ہُہ پرٛژھِ بہٕ دِمس یہِ جواب۔ سُہ اوس رأتس تہِ یِی سونٛچان آسان۔ أخر آو سُہ دوہ ییٚلہِ یِمن اکھ أکِس سمکھنُک موقہٕ ووٚت۔ تِم وأتۍ شِو مندر۔ وِنودَس سۭتۍ أسۍ بیٚنہِ تہٕ نوٚو بیٚمہٕ تہٕ لڑکی سۭتۍ اوس تِمٕ سُنٛد زیٹھُ بوے۔ پانہٕ وأنۍ زان کرنہٕ پتہٕ دِیُت تِمو موقہٕ لڑکہٕ تہٕ لڑکی کتھ باتھ کرنہٕ خأطرٕ۔

وِنود : تُہنٛد ناو کیٛاہ چھُ؟

لڑکی: سُنیِتا۔

وِنود: توہہِ کیٛاہ چھُو پوٚرمُت؟

سُنیِتا : میٚہ چھُ MA کوٚرمُت۔

لیۆکھمُت، تَس یِیہِ سمجھ یِہ چھُ نہٕ میٚون قۆصوٗر، یِہ چھُ قودرتہٕ سُنٛد دِیُت یَس اَزتانٛ کھوٚت نہٕ کانٛہہ لۆر ہیتھ، تہٕ میٲنٛ چھےٚ نہٕ کتھے۔ تَس اوس أنٛدرٕ وُنہِ وِنوٚدُن راگ تہٕ وقت چھُ بلہٕ وان سُے کَرِ فأصلہٕ۔ مگر کینٛہہ وَق گُژھتھ یُوٗزتَمہِ وِنوٚدن چھُ نۆو کھاںٛدر کوٚرمُت۔ تَمہِ دوہ رۆز سو دوہَس فاقَے، نہٕ کُرِن کانٛسہِ ستیٚ کتھ، نہٕ دژایہِ نبرَ۔ سبٹھاہ مویوٗس گیہِ، تہٕ زِندگی ہنٛز رۆزِس نہٕ کانٛہہ دِلچسپی۔

مگر دوٚیمہِ دوہ آیہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پننہٕ نٮ۪ن جامن مَنٛز تہٕ وُوٚنُن پانس ''زِندگی چھےٚ تیٚتھے کُنٛز پکان۔ بہٕ کیٛاز ِمارٕ پانٕ۔ یِہ زُومیلہِ نہٕ گرِگرِ۔ مےٚ پَزِ یِہ کمزوٗر دِل سمجھاوُن۔ یتھ خوشہٕنس دُنیاہَس منٛز چھُ دِل وِزِ وِزِ پھُٹان، مگر سأری چھِنہٕ کھٮ۪ن چٮ۪ن ترٛاوان۔ کینٛہہ نفر چھِ میٲنٛ پٲٹھی کمزوٗر۔ مےٚ پزِ جبرٕتھ کرُن تہٕ نۆو زِندگی شوٗرُو کرٕنۍ۔''



(14/10/2006)

یہِ کمزوٗری وُچھ مےٚ لگ بگ سارِنٕے کوربن۔ بہرحال مےٚ یہِ خاہش اُس تہٕ میٚوٗل مےٚ۔ توہہِ چھِوٕ انجینرنگ کٔرِتھ MBA کوٚرمُت۔

وِنود: اَں، ووٚنی پٔز اسہِ نیرُن تِکیازِ سارٕی آسن اَسی پڑاران۔

تم وٲتی گرٕ تہٕ وِنودن ووٚن گرِکٮ۪ن مےٚ چھےٚ سُنیتا پسند۔ سُنیتایہِ ہِندِس مالِس کوٚرُکھ فون تہٕ تورٕ تہِ آو جواب تی۔ سُہ دوہ تہِ آو یێلہِ تِمن کھانڈرسپُد۔ تِہنٛز زِندگی اُس اِطمینانہٕ سان پکان تہٕ تِم اَسی اکھ اَکِس نِشہِ مُطمٔین۔ وِنود اوس اَکِس تامپراتی کمپنی منٛز کام کران۔ تَس بنےٚ یہِ پرٛموشن۔ سارٕی گیہِ خوش تہٕ سارٕی اَسی وَنان سُنیتا پێیہِ وِنودس خاطرٕ پھٔرٕژ۔

کھانڈرس گیہِ ژور وٕری تِمن زاونٕہ بچہِ۔ سُنیتا گیہِ ڈاکٹرن نِشہِ یلاجہٕ باپَتھ، پیٖرن فقیٖرن نِشہِ گیہِ، مگر سو روز اَمہِ قودرتھ چہٕ نعمتہِ نِشہِ محروٗم۔ چھیکرس ووٚنہس ڈاکٹروٕ زِ سُنیتایہِ چھےٚ کیٚنٛہہ جِسمٲنی کمی، اَمِس ہیٚکہِ نٕہ بچہِ بٔنِتھ۔ یہِ کتھ پھہلیہِ نارکۍ پٲٹھۍ تہٕ اَمہِ ستی ہیوٚتُن تِہنٛز ازدواجی زِندگی پێٹھ اثر پیوٚن۔ وِنود اوس ووٚنی تَس نِشہِ دوٗر روزنٕچ کوٗشش کران۔ اکثر اوس ژیٚری یِوان تہٕ شراب چێتھ آسان۔ سُنیتا اُس خوددار تہٕ تِمس باسیوٚ وِ معیوٗب وِنودس ستی اتھ مامِلس پێٹھ کتھ کرٕنی۔ کیٚنٛہہ کال کوٚر تِمہِ خاموٗشی سان بَرداش، مگر یێلہِ اتھ منٛز وِنودنہٕ گرِکو تہِ ہیوٚت حِصہِ نیُن، سو گیہِ سخ پریشان تہٕ تِسنٛز خوددٲری گیہِ آہت۔ تَس پیوٚ چھیکرس گرٕ منٛزٕ نیرُن تہٕ مالیُن یُن۔

مالنہِ روٗزِتھ اُس تَس خبر یہِ چھےٚ وَقتی مُشکِل، اَخر چھُ وِنود پوٚرمُت

سواگتہٕ خاطرٕ کھڑا۔ اَندر اَژِتھ بُتھی مُرتلِتھ وُچھن پنٕنہِ نوشہِ ہُنٛد بُتھ یُسٕند ناو پنکی اوس تہٕ دوٚپُن ''یہِ چھِ زوٗن ہش پرٕزلان۔ اَمِس لُجس بلایہٕ، یہٕ چھےٚ ییمہِ گرِچ بزٕ اثٕدٕ گرٕ''۔

کھاندرٕچ سارِے ذِمہٕ وارٕی نِکھہٕ وأتِھ تہٕ اَشناوَن بایَن رُخصتھ گرِتھ اَس رؤپا سبٹھاہ خوش تہٕ رٕنی ہِنٛدِس فوٹوٗوَس کُن ونان ''وونی واَج میہ وارکارٕ چانی ذِمہٕ وارٕی نِکھہٕ۔ راجیشَس میٛج خوبصورتھ، نیک تہٕ خاندانٕی آشیٖنٛزٕ۔ بَس وونی چھُم اکھ طماہ زِ جلدی گژھِہس نانی ہٕنٛزٕ۔ یُتھ یہ ہٕنٛزٕ بأچے وأنس تَس کُن وُچھِتھ گزارٕہا''

دوہ ہیٚتِن بےٚ شوٗنکھی پأٹھی گنٛدرٕنی۔ نوٗ نوش اَس نوٗن دوہَن تہٕ اَژر پیٚیہِ گرِچ کأم تَسی پیٹھ۔ وونی اَس گرِچ سارِے ذِمہٕ وارٕی پانَے نِکھہٕ والان۔ رؤپا اَس پنٕنہِ نِس کمرس منٛز آرام گران۔ نوش اَس گرِچ کأم کار موکلأوِتھ پنٕنہِ نِس کمرس منٛز ٹی وی وُچھان۔ سو اَس نہٕ رؤپایہِ سٟتۍ زیادٕ کتھن بیہان، ٹلٕ کہِ اَس سوالن ہُنٛد جواب دِتھ ژھوپہٕ گرِتھ روزان۔ شاید اوس تَمۍ سُنٛد سوچ زِ زیادٕ کتھٕ کرنہٕ سٟتۍ چھِ گژھان وِزِ رِشتَس منٛز کھٹاس پأدٕ گژھان تہٕ جان گیہ ژھوپہٕ، ژھوپہ چھےٚ روپہٕ ہٕنٛزٕ کرکھےٚ تہٕ سونہٕ ہٕنٛزٕ۔

راجیش نِس کھاندرس اوس وونی وٕری ہیوٗ تمت گژھن تہٕ رؤپایہٕ ہٕنٛزٕ خأہش اَس نہٕ وُنہِ پوٗرٕ گژھان۔ اَز یٖیِلہِ دفترٕ پیٹھٕ واپس یِتھ راجیش ژاو رؤپایہِ ہِنٛدِس کمرس منٛز۔ رؤپایہِ وُنُس: ''میہ چھُ وونی فقط اکھ طماہ زِ بہٕ وُچھہان چون شُر تہٕ لٕلہِ ناوہَن پنٕنہِ کوچھِ منٛز۔''

# طماہ

''یہِ چھےٚ اَز خوٚشی ہنٛز کتھ زِ سائِنس گرس مَنٛز چھُ واریاہہ کالی کانٛہہ ووتسوٚ مناونہٕ یِوان۔ تِمس سورگہٕ واسَس کۄتاہ طماہ اوس. راجیشن کھانٛدر وُچھنگ۔ کاش! اَز آسہٕ ہے زِنٛدٕ تہٕ وُچھہَے زِ تَسُنٛد ٹوٚٹھ کیٚتھ مہارازٕ چھُ بَنٛیومُت۔'' رۄپا اُس پنٕنہِ بیٚنہِ وَنان۔ اَز اوس تَسٕنٛدِس نیٚچوِس راجیشس کھانٛدر تہٕ بَرات اُس تیار نیرَنس۔ نیرنہٕ برٛونٛہہ آو راجیش تہٕ رٕٹن موج نالہٕ مَتہِ تہٕ آیَس اُشی بُگہٕ۔ تِمن دۄنٛوَنی اُدریہِ اُچھ، مگر رۄپایہِ سنٛبول پَنُن پان تہٕ کوٚرُن راجیش ڈبکس میوٚٹھا کرِتھ رَوانہٕ۔

ووٚنی آسہٕ مہارازٕ نیرِتھ تِم باقی رَسِم انٛجام دِوان تہٕ تِہنٛدِ تیٚنٛچ تیاری گران۔ شامَن اُٹھ بجے آیہٕ برات واپس۔ رۄپا اُس دروازٕ ہنٛگس پیٹھ تِہنٛدِ

پنٕنکی دژایہِ تہٕ تَس باسیٚو زِ روٗپا چھےٚ کتھ تام پٕٹھ ناراض۔ جان گو زیادٕ نہٕ سٔنُن نتہٕ کھسہِ میٚہ پٕٹھ زِ ژیےٚ چھُتھس کیاہتام وٕنمُت۔

شامَس آو راجیش دفتر پٕٹھٕ تہٕ ژاو ماجہِ ہٕندِس کمرس منٛز۔ روٗپایہِ اُس بڈُس پٕٹھ لُر ترٛاوِمُت۔ راجیشس باسیٚو تہٕ جان سو ہُشیار کرٕنی تہٕ سونٛچُن زِ شاید ما آسہِ آرام گران تہٕ وٕنی کیازِ کرس خلل۔ سُہ دژاو پوٚت کھوری واپس۔ روٗپا اُس ہُشارٕ ے۔ تمہِ سونٛچ ''وُچھ دژاو واپس، آلو تہِ ما کوٚرُن، کُن اے چھُنَس بُری ہتی۔ نتہٕ کتہِ نیرِ ہے خبر اَتر پرٛژھنےٚ۔''

شامَس شوٗنگنہٕ وِزِ گیہِ روٗپایہِ راجیشٕنٛز تہٕ پنٕنکی ہٕندی اَسن کھنٛگالہٕ کٔنن۔ تمہِ سونٛچ زِ خبر کیاہ چھَس وَنان، شاید آسہِ میٲنی برخلاف گرانٕچ از تام نےٚ بوٗز میٚہ کانٛہہ کتھ اَمہِ کمرٕ پٕٹھٕ، چھُنا صلاح از دِمہٕ کن تہٕ بوٗزٕ کیاہ چھبس وَنان۔ دَپان چھِ ''دیواروں کے بھی کان ہوتے ہیں'' یمن کیازِ چھنہٕ یہٕ حبس۔ ہےٚ بہٕ کیاہ چھَس وَنان تہٕ سونٛچان۔ اَمہِ منٛزٕ کیاہ نیربم۔ یہِ چھےٚ گُمو کتھا۔ وٕنی کیاہ نیرِ یمہِ ژھرٛٹہِ ژھرٛٹہِ منٛزٕ۔

راجیشس تہٕ اوس باسان زِ موج چھےٚ کتھ تام کتھِ پٕٹھ ناراض۔ تمۍ سونٛچ زِ تمہِ کیاہ غلط کتھ وَنے یہِ، یُہے نا تَسُند طماہ گوٚژھ باعمل یُن۔ تمۍ کُر اَتھ مُتلق پنٕنکی ستۍ بیٚیہٕ کتھ مگر تمہِ مانبس نہٕ زٕ کتھِ تہٕ وٕنُس: ''موج چھےٚ بس پنٕنٛز خوٗشی ژھاران مگر تمۍ سُند چھےٚ نہٕ سونٛچان تیٚمس یتھ دُنیاہَس منٛز چھُ یُن۔ اُسۍ ہیکوا تیٚسنٛز پَروٗرِش اصل پاٹھۍ کٔرِتھ تہِ چھنہٕ سونٛچان۔ نہٕ ہرگز نہٕ تو تام

راجیشن ووٚنُس : ''بہٕ چھُس نہٕ أزیٚک خرچہٕ پوٗرٕ ہبکان کٔرِتھ تہٕ تٔمۍ ہِنٛدۍ خرچہٕ کِتھٕ پأٹھۍ ہبکہٕ پوٗرٕ کٔرِتھ۔ کُنۍ ہے نفرس پیٚٹھ کأتیاہ پلو۔ پزٕ موشن گوٚو، تنخاہس بڈٕ کیٚنژھا، تیلہٕ سونچو وٚشرۍ سُنٛد تہٕ۔''

''مگر بہٕ زٔن روٗزِس نہٕ توٚ تام زِنٛدٕ۔ کیٚاہ میٚون یہٕ ارمان گرکھ نا ژٕ پوٗرٕ۔ اگر ہے کرِہکھ پوٗرٕ تیلہٕ مرٕ ہا بہٕ شێچھ'' روٗپاہہٕ ووٚنُس۔

راجیشن ووٚنُس : ''مگر بہٕ کیٚاہ کرٕ؟ چنٛدٕ چھُم نہٕ اِجازت دِوان۔ دپان چھُنا ''زِنٛگہٕ گوٚژھن تیٚژٕ ے وٕہراونہٕ ییٚوٛا ژادر زیٚٹھ آسہٕ۔ بہٕ کِتھٕ کُنۍ کرٕ تیٚنٛدۍ اخراجات پوٗرٕ۔ نہٕ وُنہٕ نہٕ۔ یہٕ کتھ أسۍ زِنہٕ مےٚ وَنان۔''

دوٚیمہٕ دوہ شامَس أس روٗپا سونچان ''راجیش اوس دوہے دفترٕ پیٹھٕ یِتھ میأنس کمرس منٛز اژان تہٕ خبر اَتر پٔژھتھ پننس کمرس منٛز گژھان۔ مگر اَز ژاو نہٕ کیٚنٛہہ۔ خبر راتچہٕ کتھٕ پیٹھٕ ما گوس تیتھے ہیٚو۔ مگر مےٚ کٔر نہٕ کانٛہہ غلط کتھ۔ بَس یہوٕ ے ووٚنمس شُر گوٚژھ آسُن۔ یہٕ کوسہٕ کتھ چھےٚ یَتھ پیٹھ بأسہٕ تیتھے ہیٚو گوٚو۔ خبر یہٕ کتھ ما آسِہن پننِۍ وٕنۍ ہیٚو تہٕ تٔمۍ ما آسہٕ نَس کٔن بٔرۍ متۍ۔ آہَن سا شاندٕ گنٛڈۍ طوطہٕ چھُسنا۔ ماجہٕ ہُنٛد بوزِیا کِنہٕ تَسُنٛد۔ گوٚژھن ناراض۔ مےٚ کٔر نہٕ کانٛہہ غلط کتھ۔ یُن آسبس نہٕ مَہ بیین۔''

صُبحن دژاو راجیش دفتر تہٕ پننۍ أنۍ چاے روٗپایہٕ خأطرٕ۔ بڈس پیٹھ تھٔوِتھ پرٕژھنس ''وارَے چھوا؟ اَز أسۍ وٕ ژٕہر تام شوٚنگتھ۔''

روٗپایہٕ کوٚر بُتھِس ترٕ کجار تہٕ ووٚنُس: ''کیٚنٛہہ نہٕ بَس شوٚنگتھ أسِس۔''

کرنک دژاو نہٕ کانْہہ مطلب تہٕ وَنُس "کیاہ ذٔلیل اَز چھو توہہِ سبٹھاہ تھکےٚمتۍ باسان۔" راجیشن وَنُس "کلس چھُم دود تہٕ بہٕ کرٕ آرام۔"

سأری اَسۍ پننہِ پننہِ جایہِ ناراض۔ اَز اوس نہٕ تہٕ بن بأژن منٛز کانْہہ اَکھاہ تہٕ خوش۔ ناراضگی ہِنٛدِس ماحولس منٛز چھِ اَحتیاط تہٕ مُشتھ گژھان۔ کیٚنْہہ دوہ پتہٕ ییٚلہِ تمن پیٚ لوٗگ زِ پنٛنی چھےٚ گوبہٕ کھوٚرٕ، رؤپاگیہٕ خوش، پنٛنی گو سخ افسوٗس مگر راجیش اوس گُلس پیٹھ خوشے۔

پنٛنی کریوٚ و فأصلہٕ زِ سو کرِ ناوٕ ابارشن۔ مگر رؤپایہٕ ہِنٛدِ وِہار، خوٗشی تہٕ تمۍ ہِنٛدی پنٛنی ماہ تہٕ میٹھ کرٕنۍ، لچھِ لٹہِ بلایہٕ لگٕن، گرٕچ سأرے کأم پانے کرٕنۍ تہٕ پنٛنی وَنُن "ژٕ کر آرام، ٹی وی وُچھ تہٕ پنٛن پان تھو خوش۔" پنٛنی اَس حأران زِ بُڈ کأژاہ خوش اَس گٔمژ تہٕ گرُک ماحول کۆتاہ اوس بدلیوومُت۔

پنٛنی اَس راجیشس وَنان "اگر ہےٚ میٚہ بژھہ پتاہ آسہٕ زِ لمہِ خوٗشی یتۍ گژھِ ممی جی بیٚرٕ ھا خوٗش تہٕ تھوٚمیوٚن یؤتاہ دِیان، لسہِ ما آسہٕ تیٚلہِ گوڈےٚ شُر تھوٚمُت۔"

راجیشن وَنُس "دراصل چھُ بُجرِ چہِ اوستھایہٕ منٛز زِندگی زُونک یہٕ تہٕ اَکھ سادن زِ پننہِ بن شُر بن ہِنٛد بن شُربن گٔن وُچھتھ کٔڈ اِنسان دوہ۔ تمن چھِ یم شُر پژانو کھوتہٕ ٹأٹھۍ آسان تہٕ تہِنٛد بن اَسن تزاین، گِندنس تہٕ شُر بأژن ستۍ پنٛژ دوہ گُذاران۔ ڈیڈی جی ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ اَس ممی جی سوتے ہرٕ ہش تہٕ اَسن گرٕہستی ہنٛزٕ کُنٛز ژیٚنےٚ حوالہٕ گرٕمژ۔ یہٕ خوٗش خبر بوٗزِتھ آیہٕ سو ییٚہ وہ ولسنٛس تہٕ لأجن تتھے پأٹھۍ گرٕہستی چلاوٕنۍ یتھٕ کٔنۍ سو چلاوان اَس۔

(11/6/2009) ☆☆☆

یِمٕہ تام نہٕ ژٕ ٚے پرموشن میلی۔"

راجیشس اوس ووٗنی باسان زِ سُہ چھُ تَتھ گاڑِ منٛز سوار یُیمٕیک اکھ پہیہٕ رُٔو پاچھےٚ تہٕ بیا کھ پٕنکی۔ ہرگاہ تِم غلط قدم تُلن سُہ ییِہٕ خُبر کوٚکُن چھاونہٕ۔ سُہ اوس سوٗنچان زِ ماجہِ ہُنٛد طماہ تہٕ زنانہٕ ہُنٛد تتھ مُبدل چھُ تَس پریشان کران۔ لیہاذا پزِ مِیٚہ منیجر صأبَس پرٛموشن دِنَس پیٹھ زور لدُن تہٕ تمےٚ ستی گژھِ میانہِ مسلُک حل۔

یِپأری اُس رُٔو پا وولیے ہمٕ ہش تہٕ سو اُس ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پٕنکی ستی دونٛکھ دونٛکھ کران تہٕ وَنان "یِم ڈیلی سوٗپ ڈرٛاما وُچھِتھ چھکھ خراب گامٕژ۔ یِمن ستی چھکھ مان مان کران۔ یہٕ ہےَ اَسس ژون ساسن منٛز بوٚڈ بارٕ گرٕ چلاوان تہٕ ژٕ ٚے چھکھ نہٕ ژتجی ساسن منٛز ترٛین نفرن ہُنٛد گرٕ پکناوِتھ ہبکان......" مگر پٕنکی اُس اکِہ کنہٕ بوزان تہٕ بیٚیِہ کنہٕ ترٛاوان۔

راجیش اوس ووٗنی پننہٕ نِس منیجرس اِلتجا کران "اَزی کس دژ وجرس منٛز چھُ گرٕ چلاوُن سبٹھاہ مُشکِل، اگر مےٚ پرٛموشن میلہِ، مےٚ گژھِ سہولیتھ گرٕ پکناوُنس۔ مگر منیجر صأبن وُنُس "یہٕ ہیکہٕ نہٕ اَتھ مُتلِق کینٛہہ تہِ گرِتھ تِکیاز اَسہِ چھُ کمپنی ہِنٛدِ بن روٗلن تحت پکُن پیوان۔ دون ؤریَن ہنٛز چھےٚ کتھ ژٕ ٚے چھےٚ تِتِس کالس پرٛارُن تہٕ پتہٕ میلہِ پانے پرٛموشن۔ ژٕ ٚے چھےٚ نا بوٗزمُت صبرُک پھل چھُ موٗدُر آسان۔" مایوس گژھِتھ دژاو راجیش منیجر ہِنٛدِ کیبنہِ منٛز نبر۔

گرٕ وأتِتھ ژاو ماجہِ ہِنٛدِس کمرس منٛز خبر پرٛژھنہِ۔ تِمو دِیُتُس نہٕ واپس کانٛہہ خاص جواب۔ سُہ ژاو ووٗنی پننہٕ نِس کمرس منٛز تہٕ وُچھُن زنانہٕ تہٕ اوس بُتھ الوِنٛد۔ تِمٕو ملأوی پلو تہٕ ترٛووُن بیٚڈس پیٹھ آرام۔ پٕنکی باسیوو تسُنٛد بُتھِ ، ترٛکجار

سومناتھا بیٚا کھ کھاندر کرُن تہٕ اُمِس ڈِمپی ماجہِ ہنٛز کمی دوٗر کرٕنۍ۔"

سومناتھن وُنُس "ژٕ چھکھ ٹھیکھ وَنان۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ یژھان ڈِمپی گژھہ وۄرِ باپارس لگٕنۍ۔"

"ژٕ کیٛازِ چھکھ یہِ سوٗنچان۔ سارینٕے چھےٚ نہٕ ہشے آسان۔ اگر ژٕ مانکھ میٚہ چھےٚ اکھ کورِ ہَن نظرِ تل۔ تِمِس تہٕ پھو لوکچارے تاوَن تہٕ مۄدُس خانٛدار ژوری ؤہری۔ شُرِ مُرِ بغاَر چھےٚ۔ مےٚ چھےٚ تِمۍ ہِندِس بأیِس ستۍ کتھ کرٕمٕژ تہٕ تم چھِ اَنٛکارس۔ بَس چأنۍ رضامندی چھےٚ وۄنۍ ضوٗروٗرتھ۔" اوٗشن وُنُس۔

"مگر! ڈِمپی ہُند کیٛاہ چھکھ ژٕ سوٗنچان؟" سومناتھن پرٛژھُس۔

اوٗشن وُنُس "وقت چھُ بلوان۔ یوسہٕ کوٗر مےٚ نظرِ تل چھِ، سو چھےٚ گانٛج تہٕ سو کرِ ڈِمپی ہنٛز پرٛؤرِش اصل پأٹھۍ۔"

چھیکرس موٗن سومناتھن بیٚا کھ کھاندر کرُن، ہَنا ڈِمپی ہِندِ باپتھ تہٕ ہَنا پنٕنہِ زِندگی ہِندِس ژأنٛگس ئۄ زِتۍ دِنہٕ باپتھ۔ کھاندر گو، گرجا آیہٕ سومناتھنٛس گرس مَنٛز تہٕ ڈِمپی یوسہٕ کاہ ؤرِش اَستھ سبٹھاہ تیز مغز واجنۍ تہٕ سبٹھاہ ضدی اَس، مأنۍ نہٕ گرجا موج کینٛہہ۔ وارِ وارِ سَنٛبول گرجایہٕ گرگرٕہستی تہٕ وۄنۍ اوس نہٕ باسان زِ یہِ چھِ اَمہِ گرٕچ نۆو نوش بَلکہِ زَن اَسِس واریاہ ؤری اَتھی گرس مَنٛز گمِتۍ۔ سو سپز اکھ جان گرگرٕہستی زَنان ثأبِتھ مگر ماجہِ روٗس کورِ ستۍ اَسِس نہٕ وُنہِ سپر بیٚہان، یمِکۍ تِمِس افسوٗس اوس۔

تمہِ ییژاہ ڈِمپی پانہٕ ناوٕنۍ کوٗشِش کٕر، تیژاہ زَن اَس سو تِس نِشہِ

# موج

سومناتھنِہ آشنِہ اوس ووڈٕ ؤنٛگہٕ واس گأمٕتٕس اَکھ ؤرٕ زیادٕ پہن گۄمُت۔ اۄشا سومناٲھنۍ بێنہِ أسۍ ووٚنۍ تَس سمجھاوان۔ ''زِندگی ہٕنٛدِس سِکس تہٕ چھِ زٕ پہلوٗ، سوکھ تہٕ دوکھ۔ یِمٕ چھِ اَکھ أکِس لرِلوٚر پکان۔ زِندگی ہٕنٛدِس سفرس دوران چھُ اِنسان دوکھس یا سوکھس سٟتۍ دُچار سَپدان۔ یہِ مأنِتھ مان تہٕ زِ یہِ آوٕ ژٕنۍ مُصیبتُک وَق۔ مگر اَمہِ موکھٕ ہیٚکو نہٕ أسۍ زِندگی زُونٛچ آش ترٛأوِتھ۔ یہِ تہٕ چھُ پَزر زِ زِندگی چھےٚ نہٕ أکِس سٟے پہیَس پٮ۪ٹھ چلان۔ اتھ چلاونہٕ خأطرٕ چھِ زٕ پہیہِ ضۆرۆری تہٕ خاص کَرِتھ شُری سٟنٛز پروٗرشہِ باپتھ چھُ أکِس ماجہِ ہُنٛد آسُن سٟٹھاہ ضۆرۆری۔ سُہ تہٕ خاص کَرِتھ ییٚلہِ زَن شُر کوٗر آسہِ۔ أکِس کوٗرِ چھےٚ مأج رفیق آسان۔ اَمی چھےٚ وَنان زِ ووٚنۍ پَزی ژٕ

کھاندرِ پتہٕ بدلیوٗمُت تہٕ تَس چھُنہٕ تَسُند سُہ لول روٗدمُت، یُس سُہ ورتاوان اوس۔ سُہ زَن اوس پننہٕ عمن حاَری ثاتن منٛز روومُت آسان۔ ضۆروٗر اَس سو تَسُندِ ذیٚہنہٕ منٛزٕ نبرَ دژامٕژ تہٕ ووٗنی اَس اَکھ موموٗلی فرد بنے مٕژ۔

گرِجا سونٛچ زِ ڈِمپی آیہِ خواہ مخواہ وُٹھنہٕ تہٕ بہتر چھُ کینژٕ کالہٕ خاطرٕ مےٚ ترٛن لاگُن یتھ اَمِس سمجھ ییہِ پٔزن تہٕ پرٛدکیاہ گو۔ تمہِ ترٛاو تَس سٟتی کتھ کرٕنی۔ ییٚلہِ سو بتہٕ یا چاے منگہِ ہَس، تیٚلہِ اَسہٕ دِوان، نتہٕ اَس نہٕ اَتھ سنانہٕ۔ خوش آمد تہِ اَسہٕ نہٕ کران، ییٚمہِ سٟتی ڈِمپی یہِ اخذ کۆر زِ تمہِ ہیٚژ وورٕ خصلتھ ہاوٕنی۔

مگر گرِجا اَس بذاَتی نرم طبیعتچ تہٕ تَس اوس گرس منٛز امہِ قسمُک پھاٹون واد کھران۔ تمہِ کر اَکہِ دوہہ کوٗشش ڈِمپی سمجھاوٕنس مگر تمہِ ووٗنس تورٕ کوٗکرس چھےٚ گُنی زنگ۔

تمِس گو نہٕ یہِ برداش۔ رٕنِس سٟتی کوٗرُن مشورٕ۔ سُہ اوس پانہٕ موسوٗس کران زِ ڈِمپی چھُ ماجہِ ہنٛدِ مرنک دُکھ تہِ وُنہِ چھےٚ نہٕ نٔوِس ماحولس سٟتی ہم نواسَپدان۔ تہٕنٛدی بکنی اوس وَق یُس وارٕ وارٕ یہِ زخم برٕ ہےَ تہٕ سورٕے ماملہٕ گژھ ہےَ ٹھیکھ۔

مگر گرِجا اَس مختلف آیہِ سونٛچان، تمہِ اوس پننہِ جایہِ داَنی روومُت زِ تہٕنٛزٕ خوٗشی باپتھ تھوِ نہٕ سو شُر تہٕ سو دِیہِ یہِ قوربانی تہٕنٛدِ خاطرٕ۔ سو گیہِ سومنا تھس وُراے تہٕ آیہِ آپریشن کرِتھ۔

☆☆☆

(24/8/2009)

دوٗران۔ ڈِمپی زَن اوس دِلس مَنٛز کُستأنۍ گنٛڈ یَتھ سو کوٗشِش کَرِتھ تہِ اُس نہٕ مُوراُوِتھ ہبکان۔ یہِ چیز اوس گرس مَنٛز خواہ مخواہکہِ تناوُک وجہہ بنان۔ کُنہِ وِزِ اُس سو سوٗنچان یہِ گیہِ مےٚ ہنگہِ تہٕ منگج پرٛیشانی اگادٕ، تہٕ یتھٕ کُنۍ اُمس سوٗچُن آسہِ تِتھے کُنۍ سوٗچنۍ۔ کُنہِ دوہ ییلہِ شُرۍ لأز تلہٕ نیرِ تَس تَرِ پانۍ فِکرِ دُنیاہ کتھٕ کُنۍ چھُ پکان۔

یہِ سوٗنچِتھ تہٕ ہیچ نہٕ تمہِ سو ذیٚہنہٕ مَنٛزٕ کڈِتھ، تِکیازِ تَس اوس گرِ گرِ تَس ستۍ واسطہٕ پِوان۔ دوٚیم کتھ اُس زِ تَمہِ اوس یُتھ وکھیپ پانہٕ تہِ وُچھمُت ییمۍ سو دوٚیمہِ ہیرِ کھسنہٕ خاطرٕ مجبوٗر اُس گرٕھٕ۔ کانٛہہ تہِ اِنسان یُس یتھو حالاتو مَنٛزۍ آسہِ گذرِیوٗمُت، چھُ ٹیوٚٹھ تہِ سَپدان۔ لہٰذا اوس نہٕ موزوٗن اَتھ زیادٕ اَہمیتھ دِنۍ تہٕ یہِ اوس وقتہٕ کِس حالس پیٹھ ترٛاوِنۍ۔

مگر ڈِمپی اُس دوہ پتہٕ دوہ یہِ وُچھِتھ موسوٗس کران، تہِ اَتھ اوس بوٚڈ وجہہ کِر جا تَس برٛوٚنٛٹھ کُنہِ آسنۍ۔ سو اُس سوٗنچان مأج نِیہِ یمن تہٕ مول برٛمن۔ پگاہ ییلہِ تَس پنٛنۍ شُرۍ آسن، سو کیٛاہ لول ورتاوٕ، بَلکہِ گژھہ مجبوٗر ووٚرِ باپار ورتاوُنس۔ پیٚتے رام ژٕندر ہوِس نفرس وُچھ نہٕ کیکی کیٚنٛہہ یوٚ تانۍ ونواس کڈنوٗن۔

ڈِمپی اُس دراصل یِمنے غوطن گژھان۔ تَس اوس باسان سو چھےٚ گرس مَنٛز ووپرٕ تہٕ سو پیہِ کُنہِ دوہ گرِ کڈِتھ ژھننہٕ۔ وَبسو تہٕ اوس تَسُند ظون اَتھ کتھِ کُن پھرِنوومُت تہٕ یہِ اوس تَسٕندِس لاشعورس سنٛیوٗمُت۔ تَس اوس پوٗرٕ یقین اکہِ دوہ پیہِ ووٚرِ مأج پنٕنِس اوقاتس مَنٛز تہٕ لتس کرِ تنگ۔ تَس نہٕ اوس پتھ ژلنس وار نہٕ برٛوٚنٛٹھ۔ سو اُس نہٕ مألِس تہِ ہبکان کیٚنٛہہ وَنِتھ، تِکیازِ تس اوس باسان سُہ چھُ

کرُن۔ اول وسیم یہِ ذِمہٕ وأری نکھ ییٚہِ روزِ گرس بَر ووٚتھ۔ لہٰذا وُچھتوٚن أمِس خأطرٕ کانٛہہ اصل پہَن کۄر۔ میےٚ گٔرس تتھے جتہٕ ہَنا ''تٔمۍ ما آسہٕ تورَے کھاندر کوٚرمُت تہٕ شاید ما آسبس شُر تہٕ۔ ژٕ کتھ چھکھ پان تھکہٕ راوان۔'' اَسنا گٔرِتھ ووٚنُم ''میہ ہَسأ چھےٚ تَس اَکے کتھ وٕنۍمژ زِ تٔمِس یہٕ مرضی آسہٕ تہٕ گرِنۍ، مگر کھاندر گو پننہٕ برأدری منٛز کرُن۔''

دوارکا ناتھ تہٕ أمۍ ہنٛز کۄر مینا أسۍ ووٚنۍ روی جی یَس خأطرٕ کھاندر ژھانڈان تہٕ واریاہ کأرٕ پتہٕ آو تِمن اکھ گرٕ پَسند تہٕ لڑکہٕ لڑکی ہنٛزٕ رضامندی پتہٕ آو کھاندر گنڈنہٕ۔ کھاندرٕ برٛونٛہہ کینٛہہ دوہ آو روی پۆنا پتھٕ تہٕ دوارکا ناتھن، تٔمۍ ہنٛدی زامتری تہٕ کۄرِ أس سأرِے کھاندرٕچ تیاری گٔرمٕژ۔ کھاندر سَپُد تہٕ دوارکا ناتھن ترٛأو ووٚنۍ شیٚچھ عنبٕدر۔ کھاندر سَپدنہٕ پتہٕ ہفتے دژاو روی پنٛنہِ آشنہٕ ہیتھ پۆنا واپس۔ دوارکا ناتھ یتھ گرس منٛز اوس تتھے رۄد...... گنٛے زوٚن، ہُنٛز مُشپد ہُند جن ہیٚو۔ مگر اَکھ بشاشت أسس زِ تٔمۍ وأرۍ زِندٕ زۆوے پنٛنۍ رٕبن نکھٕ۔

دوہہ گیہِ گُذران تہٕ دوارکا ناتھس اوس روی ہنٛدِ شُری سُند سخ اَمارٕ، یَس سہٕ کوچھِ منٛز للہٕ ناوِہے۔ یہٕ خأہش تہٕ سَپُد تَس پۆرٕ ییلہٕ زَن روی یَن فون گٔرِتھ ووٚنُس زِ سہٕ بنیوو دادا جی۔ کۄتاہ خوش گو یہٕ خبر بۆزِتھ تہٕ واریاہ کۄشش کرِے یَن پۆنا گژھنٕچ، مگر زُوَن دِتُس نہٕ اِجازتھ۔ واریاہ لٹہٕ وٕنیوٚن رویَس ہفتہٕ کھنڈ یہِ یۆرٕ، تاکہٕ سہٕ تہٕ وُچھِہے نِکٕن بُتھ تہٕ للہٕ ناوہَس پننہٕ کوچھِ منٛز۔ مگر تۆرٕ اوسُس ہمیشہِ جواب یِوان زِ پرائیوٹ نوکری منٛز چھُٹی میلٕنٛز چھنہٕ سہٕل کتھاہ کینٛہہ سہٕ تہٕ اکھ ہفتہٕ۔

# ہمسوس

دوارکا ناتھ جیَن أس أکھ ذِمہٕ وأری نکھٕ وأجہٕ زِ کوٗرِ اوسُن ترٛےٚ وٕری بڑوٚنٛہہ کھانٛدر کوٚرمُت تہٕ وۄنۍ اوسُس لڑکس کھانٛدر کرُن باقےٕ۔ زنانہٕ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ اوس ہر ہمیشہٕ تنہأیی منٛز روزان تہٕ ییٚلہِ شُری أسِس بڑوٚنٛٹھ کنہِ آسان، زَن اوسُس زُو ہیٚوٗ اژان۔ کوٗتاہ کریوٗن روۍ جی یَس زِ ژٕ کر پڑأے پیٚتی، مَہ گژھ پوٗنا ٹریٚنگہٕ، مگر تمِس أس کل دڑاہِژ پوٗنا گژھنہٕ خأطرٕ تہٕ تِمُی مانِس نہٕ زٕ کتھٕ تہٕ دڑاو پوٗنا ٹریٚنگہٕ خأطرٕ۔

میٚہ اوس دوارکا ناتھ جی دوہے صُبحن دوٚدِ گوٚرِ ہنٛدِس وانس پیٹھ سمکھان تہٕ خبر اَتر پرٛژھتھ وۄنُم زِ روی جی یَن موکلاو ٹریٚنگ تہٕ وۄنۍ چھُ أکِس پرائیویٹ کمپنی مِنٛز مُلأزمت گران۔ بہٕ چھُس یژھان أمِس کھانٛدر

ییٚارکہ اوس دوارکا ناتھ دوہ پتہٕ دوہ ڈوکان تہٕ ژھوکان۔ ووٚنی اوس سوٗنچان زِ زِندگی پیٹھ چھُنہٕ کانہہ بھروسہٕ، کر ژلِہ یہٕ پوٚنپرٕ نیرِتھ۔ خبر تمہِ وِزِ آسِیا کانہہ ترٛلیش تراوٕنس۔ خبر دوہ ہیکِیاہ روٗی کٔرِتھ۔ تیٚنٛز مجبوٗری ما گژھِ حاوی تٔس دوہہ کرنس پیٹھ۔ لِہاذا ٲبلووِتٕمۍ بڑاہمُن تہٕ ووٚنُس زِ أکس موردس یوسہٕ کرٕ یا چھےٚ کرنہٕ یِوان تِم چھُ سُہ زِندٕ پانےٚ پوٗرٕ کرُن یژھان۔ أمۍ ہوو پانٛنی پانے پانٛس شٕبزادہ بیٚترِ تہٕ باقی رسمہٕ تہِ کرِہن پوٗرٕ۔

کینٛہہ دوہ پتہٕ گو دوارکا ناتھ جی سورگہٕ واس۔ یہٕ گوس توٚر تہٕ سُہ اوس دزہٕ گھاسس پیٹھ تراونہٕ آمُت۔ کوٚر أکس پان ژٕٹان تہٕ وبداکھ دِوان "میانہِ بوٕ، کوٚتاہ شیٚتٕل اوسکھ، کوٚتاہ اتھہِ روٹ اوس ہم کران، کُنہِ تہِ چیزٕچ پرٛگی تھوتھ نہٕ أسہِ بارنبن۔ أسہِ آس لوکچارٕ موج موہرٕ، ژٕ ے لوٗگتھ مول تہٕ موج تہٕ، مگر سانہِ اتھہِ ووٚتُے نہٕ ترٛیشہِ قطرٕ تہِ۔"

أمۍ ہنٛدِس زامترِس پرٛژھ میٚہ زِ رویس سوٗزوا شیٚچھ۔ تٔمۍ وون "آہَن مہراسوٗزس، سُہ تہِ چھُ مجبوٗر، چھُٹی گرٛٲہبس ہنٛز، ریلہِ ٹِکٹ گرٛٲہبس میلٕنی، لِہاذا کتہٕ ہکو تِمس پرٛأرِتھ۔ أسہِ چھُنہٕ کانہہ چیز اُنہِ تِکلیا زِ یمۍ اوس زِندٕ زوٕ ے موردٕ ساگری تہٕ باقٕے چیز أنتھ تھوٗ یٔتی۔"

ترٛیہ دوہ ووٚت روٗی پنٛنٕ آشِنیٚ ہیتھ اور تہٕ تٔمۍ ووٚن زِ سُہ کرِ مأتی ہنٛدی دوہ شاندار پاٹھی تِکلیا زِ تٔمۍ اوس تٔسندِ خأطرٕ سبٹھاہ کینٛہہ کوٚرمُت۔



(15/8/2009)

# Molil Rishti




**Rinku Koul**
•Multilingual D.T.P Operator
[Kashmiri (Nastaleeq & Devnagri), Urdu, Hindi, English, Sanskrit)]
•Short Story Writer


"موٗلِلۍ رِشتہٕ" چھےٚ رِنکوٗ کول عمن اَفسانٔن ہنٛز گوڈنیُک سوٗمبرن۔ یِمن افسانٔن منٛز چھِ سماجی رِشتہٕ، عام واقعہٕ، حادثہٕ، تیز بدلوٚنہِ قدرٕ، تازٕ احساس تہٕ ماحولی بٔندشہِ دٕرێنٛٹھی گوژھان۔ یِمن اَفسانٔن منٛز چھےٚ موضوٗعن ہنٛز رنٛگا رنٛگی۔ کیٚنٛہہ موضوٗع چھِ بلکل نٔوی ...... یِہنٛدی کیٚنٛہہ کردار چھِ اَسہِ پانس وٕچھنۍ کھوٚرِ نظرِ گوژھان۔ یِم واقعہٕ چھِ یِموٚ سہٕل تہٕ ساد زبانۍ منٛز تکن گٔری تہٕ بناوٹہٕ وراے بیان کٔرِمتۍ۔

(ڈاکٹر اومکار کول)



مےٚ اُس خبر رِنکو آسہِ مُسودس ستۍ تِمہی حدس تانۍ مُنسلِک، یتھ حدس تانۍ اوٚنگجہٕ کی بورڈس پیٹھ مٲہر وِتھ سہٕ کمپوزِنگ کران آسہِ۔ مگر میانۍ راے دٕرایہِ غلط، ییلہِ سہٕ حال حالے اکہِ دوہ زیرِ بحث افسانٔن ہُند مسوٚدٕ ہیتھ مےٚ نِشہِ آو تہٕ مےٚ وۄنۍ یِمن نظر دِژ۔ دراصل کمپوزِنگ کران چھُ تِمۍ افسانٔن ہنٛز ترکیبہٕ بِہتر کٔرِن دیان تھوٚومُت یِمہِ کہِ بدولتہٕ افسانہٕ لیکھنٕچ وَل تٔمِس اتھِ آمٕژ۔ مےٚ یِمٕنۍ تیٚنٛدی افسانہٕ تہٕ مےٚ باسیوٚ کاشرِ زبانۍ ہنٛز تٔمِس رٕژ زان تہٕ اَمہِ کہِ بدولتہٕ ہیکہِ بٕڑونٛتھ کٔرِتھ۔

(مکھن لال پنڈتا)



رِنکو جیۍ چھُ اَندرٕ گنہِ اکھ کامیاب تہٕ ووتھ وُن اَفسانہٕ نِگار بٕنتھان۔ موضوٗعن ہنٛز ژٲر چھےٚ تارٕیفن لایق۔ پٔنٕنِس سماجس تہٕ اَندی پکھس پیٹھ وُژھ نظر تہٕ وٕچھی کٔن آہنٛز گوژھ پٔزی کانٛہہ ژٕنے نِش ہیٚچھن۔ سماجچ لسنہٕ بسنہٕ کٔمِن بدلوٚنمن نِشن ہنٛز صحی عکاسی تہٕ سماجی کردارن زبوٚ دِنۍ چھےٚ چانۍ تھٕکنٛز لایق قٲبلیت۔ اَفسانہٕ چھِ اکھ اُکس کھوتہٕ اکھ۔ مےٚ باسیوٚ نہٕ یِمن منٛز تکنیکی تہٕ اَدبی رنٛگی خاص کانٛہہ کمی۔

(پرتھوی ناتھ کول سائل)


JK OFFSET PRINTERS
Jama Masjid Delhi-6 Ph: 23279852